# TOTE TE AINE

(KASHMIRI PLAY)

By : MOTI LAL KEMMU



MOTI LAL KEMMU
ZAINDAR MOHALA, SRINAGAR
KASHMIR

اشاعت : ۱۹۸۴ء

ناشر : موتی لال کیمو

پریس : فوٹو لیتھو ورکس نئی دہلی۔

تیداد : ۵۰۰

مول : ۱۵ روپیہ

سرورق ـــــ محمد یوسف مسکینؔ



"بہٕ چھُس کلچرل اکیڈیمی ہُند مشکور، ییٚمہ متھ یہٕ کتاب چھاپنہٕ باپتھ مٲلی مدد دیُت۔ یہ ڈراما گژھہ نہٕ میانہٕ اجازتہٕ وراۓ کُنہٕ محفلِ منز پرنہٕ یُن، ترجمہ یا سٹیج سپدُن تہٕ نہ گژھہ فلماونہٕ یُن۔" موتی لال کیمو

# گوڈٕ کتھ

پَننہٕ گوڈنچہِ کاشُرِ کتابہِ "تٕرٛناوِچہ" گوڈٕ کتھِ مَنٛز وۄن مٕنٛے
زِ یِم ترٛے ناٹک تِتھہٕ مَنٛز آسی، تِم اُسی کاشُرِ لکہِ رَنٛگچہِ ہیٚشرٕ ہنٛزٕ بنی یاذ پیٚٹھ
لیکھنہٕ آمٕتی۔ یۄدوَے مٕنٛے پَتہٕ بیٚیہ کُنہِ ہیٚشرٕ ہندی ناٹک لیکھو تہٕ خبَر بہٕ کیٛاز آس
اُنھو ہیٚشرٕ ہنٛدِس وَرتاوَس مَنٛز گنٛڈٕ تہٕ گنٛز رُنہٕ۔

ژھاے تہٕ لل بہٕ وڑالیَس لولرے اُسی دوشوَے اَمہِ ہیٚشرٕ نِش بیوٚن۔
حرَم خانگ اُنہٕ اوس سَنسکرت تھیٹرچہ ہیٚشرٕ ہنٛزٕ بنی یاز نکھ گمرٕ بھوائی تہٕ بانڈ پاتھرکرٕ
رۄٚپچ ہلہٕ وَن ہیتھ تہٕ برٛوٚنہہ پھِہن ہکنہٕ وُچھ مٕنٛے زِ میانیو ناٹکو ہیٚشر اَکھ سوٚ، تیٚیتھ
یختیار کرٕنی ییتھ بہٕ یَنن اَکھ مخصوٗص سٹایل تہٕ فادَم وَنہٕ۔ حرَم خانہٕ کیٚس اُنَس مَنٛز
اُذن مٕنٛے گوَرس تہٕ کورس نہٕ چھ سَنسکرت ڈرامہس مَنٛز نہٕ بانٛڈ پاتھر تہٕ بھوائی مَنٛز۔
یہ چھ بدلشی رَنٛگ گمرٕ مٕنٛے پانہٕ نوٗو یہ اکھ خاص انٛداز۔ حرَم خانگ اُنہٕ چھ پیش کاری

مَنٛزٕ کوٚر مٔتؠ یہِ بحثہٕ یتہٕ آدم پٔرؠ استیمال۔ سیٚتی کوٚر مٔتؠ اُتھی مَنٛزٕ پٔرؠ ڈک تیتھ کٔنؠ
استیمال یتھ کٔنؠ سنسکرت تھیٹرس یا کتھک کلی مَنٛزٕ سپدان چھُ۔

"کاٗنسہٕ ماروومُت" ہؠ کیاہ گوم" اوس اکھ MOCK EPIC یَتھ مَنٛزٕ بانٛڈ
رچھ مسخرٕ چھ تہٕ ڈراما چھُ۔ یہِ چھُ پٔنٛنہٕ قسمُک اکھ طنزیہ ڈراما۔ دوٚیمِو تِمو ناٹک رٕؤپ
رنِش بدٕوٚن یِم اَسہِ دوٚیمِن زبانَن مَنٛزٕ دٔستیاب چھ۔ ماحولٕ رَنٛگہٕ خاطرٕ اکھ زوردار
داستان پاٹھرٕ۔ بانٛڈ پاٹھرَس مَنٛزٕ چھِ مسخرٕی اَہم کٔرمیاہن ناٹکَن مَنٛزٕ یہِ عُنصُر اُسِتھ
تہٕ چھِنہٕ مسخرٕی اَہم بلکہِ کتھ ہُنٛد واتناوُن تہٕ کِردار۔ اوٚوے چھ پٔرنہٕ وزٕ گوڈٕ گوڈٕ یِم
ناٹک لوٚتی باسان مگر وارٕ وارٕ یِنہٕ کتھ تہٕ سَنٛبِر دٕرینٛٹھ پٕوان۔ یتہٕ چھُ پٕوان دٕرینٛٹھ
زٕ بیماٗنی پانہٕ ناوِ بہٕ ہیتھ چھِنہٕ مُشکل مگر خیالاتھ تہٕ باوتھ سیٹھا اٗسنہٕ۔ مَنٛزٕ
نِکہٕ ناٹکس مُتلِق تہٕ چھِنہٕ یہِ وَنُن۔

اَز یِیلہِ یہِ پٔنٛنہٕ یِمَن ڈراماہن نظر چھُس دِوان۔ مٔتؠ چھ باسان زِ مٔتؠ چھُ
اکھ نوٚو رٕؤپ، نوٚو انداز یِمَن ناٹکَن دِتیمُت تہٕ پیش کاری مَنٛزٕ تہٕ لبَن یِم اکھ
مخصوٗص رٕؤپ۔ یتھ نوٚس ناٹکس مَنٛزٕ چھُ مٔتؠ یِمہ نِشہِ تجرُبَن ہُنٛزٕ بُنی یاز پلیٹھ
بیٚیہ کیٚنٛہہ بُرزرٕ کوٚرمُت۔ یتھ مَنٛزٕ تہٕ چھُ مٔتؠ کوٗرس استیمال کوٚرمُت۔ یوٚدوے وچھو
کوٗرس یہِ گیوان چھُ یا وَنان چھُ یا عملَن ہاوان چھُ تہٕ چھ ناٹکچہِ کتھ بدٕوٚن اٗستھ
باٗرٕ لِتھ تہٕ تتھ پیٹھ اکھ کومینٹری۔ یہِ چھُ اَز کالکہِ دٕرینٛٹھ مان پٔرزِ تھ باوتھ کران۔
کوٗرس چھُ آدمی پٔرؠ چ کاٗم تہٕ دِوان۔ ناٹکس مَنٛزٕ سیٹنگ ہُنٛزٕ کاٗم تہٕ دِوان تہٕ
مَدد گار کٔرِدارن ہُنٛزٕ کاٗم تہٕ انجام دِوان۔ یتھ کٔنؠ چھ یتھس ناٹکس مَنٛزٕ سیٹ آسنٕچ
ضروٗرتھ تہٕ پوٗرٕ گژھان تہٕ یہِ ناٹک ہیٚکہِ رَنٛگہٕ ہالَو تہٕ بنٛد کمرٕ ونیس تہٕ گنٛدنہٕ یتھ۔

سنسکرت ڈرامہس منز چھ سوٗتر دار اِبتداہس منز لگن بروٚنہہ کنہِ یوان تہٕ ناٹکک تعارُف کرناوان۔ کنہِ کنہِ سنسکرت ناٹکس منز چھ اَمس سٟتی "نٹی" بیاکھ مدد گار کِردار۔ یِم دوٚشوَے چھِنہٕ پتہٕ ناٹکس منز دٲرِنٛٹھ یوان۔ میٚنٛے کُرِ پننِن ناٹکن منز یِمَن دوٚن کِردارن ہُنٛز بٔنی یاز پیٚٹھ ترٛاو ڈرامہس منز قاید باںٛڑ تہٕ لَڈی شاہ۔ ناٹکٕک ڈرامہس منز اَکھ دی مسخٕر تہٕ نبہ لالہٕ، منزِل نِکس منز جوان مسخٕر تہٕ بُڈہ مسخٕر حرم خانہٕ کِس اَنٛس منز ماگُن تہٕ گوٚپالی ہیوی زوردار کِردار پیش۔ یِم چھِنہٕ صِرف سوٗتر دار تہٕ نٹی ہِندی پأٹھۍ صِرف ڈرامہک تعارُف کرناوان بلکہ پانہٕ ڈرامہکی اَتھ حِصہٕ بنان۔ رنگہٕ عَمل برٛوٚنٛہہ پکناوان۔ ناٹکہٕ کِہن دوٚن حِصن یا دوٚن واقاتن جوڑ دِوان تہٕ پانہٕ اہم کِردار تہٕ بنان۔

یِمہ نٕے کِردارن نِکھہِ اَکھ میٚنٛے بیٚتہ ڈرامہس منز آدا رنگ تہٕ سدا رنگ تہٕ یِم ساری کِردار چھ مثالس ڈراما فارس دوٚن لان تھتھ اَکھ پننہٕ قسمُک رنگ بخشان تہٕ یِم گِندن گرِ کِردار روزن پرن وٲلس یا ناٹک وُچھن وٲلس پٮ۪ٹھ دیر پا اثر تراوان۔ یِم چھ ناٹکہٕ چہ عَملہ پیٚٹھ لگن پیٚٹھ حالات و واقاتن پیٚٹھ کومنٹ (COMMENT) کران۔ ییلہِ دَرشٔنی رنگہٕ عَملہٕ تہٕ سٹیجس پیٚٹھ پیش واقاتن منز شٔمِنہٕ محو چھ گژھان یِم کِردار چھ تمس تمہِ وِزِ ALIENATE کران۔ تکیازِ یہ چھس پننہِ تِمن ناٹکن منز بیہ رٔوپ وَرتاوِتھ تمی کُنہِ ہُنٛز باوتھ یژھان کرُن یوسہ کُنہِ جرمنی ہِنٛد بہلہِ پایک ناٹک نگار بریخت یژھان اوس۔ تہٕ گوو زِ دَرشٔنی گژھہ نہٕ جذباتن تہٕ واقاتن منز محو گژھن بلکہ ہُشیار ذِہن اَسیتھ تِمن واقاتن پیٚٹھ ردِ عمل ظاہر ہیکن کٔرِتھ۔ تکیازِ میٚنٛے چھ پزِتھ ناٹکس منز کِینژہہ نتہٕ کیٚنہہ وَن،

کینہہ باوُن تہٕ یہِ وَنُن تہٕ باوُن چھُنہٕ نارٕ بازی۔ نارٕ بازی خاطرٕ لیکھنہٕ یِہ ناٹک۔

---

بالہٕ یارنہٕ پیٹھٕ اوس منٛز تھیٹرُک جوٗنوٗن۔ منٛز کرٛہنی کیٛن کشیرِ منٛز تھیٹر تحریکہٕ
دوہٕ نہٕ تار دِنٕچ کوٗشش حالان کہٕ کاشرِ رنٛگُک کانٛہہ سونٛہرٕ دور آو نہٕ وُنہٕ۔ اَکھ
تحریکہٕ کوٗرمنٛز واریاہ رنٛگہٕ برٛزرٕ۔ ییٚتہٕ منٛز سٹیجہٕ باپتھ لیکھُن سیٹھا اہم چھُ۔ کاشرِس
منٛز چھُ سٹیج ڈرامہٕچ ہُنر بارٕ وشہٕ۔ یوہے وجہ چھُ زِ تخلیقی امارن دِشہٕ منٛز وُنیٛ
تہٕ بہٕ بنیوس ڈراما نِگار۔

ڈراما چھُ میانہٕ خاطرٕ اَکھ قابلِ ترین ذریعہ۔ دُنیہک پرزومُت اَنو بھو
باونک تہٕ اِنسانی حالات پیش کرنک، یم بہٕ یانہٕ زُوان چھُس تہٕ وُچھان چھُس۔
یوہے چھُ باوتھ کرنک تہٕ پیش کاری ہُند سہ ذریعہ ییلہٕ کِنی بہٕ زِندگی ہُندیٚن ہمیہ
ودہ تلاوان چھُس تہٕ بیٚنہٕ مانیتھ نُنہٕ راوان۔ معلہٕ وَسہٕ وُنہٕ قدرٕ، اِنسانی ذیٛہنچ
کشمکش، اِقتدارٕچ نٔنگہٕ بوچھ تہٕ دوہرش منٛزٕ ییدٕونی اِخلاقی تہٕ سماجی وٕطیرٕ تہٕ قدرٕ
چھیٚنہٕ تِم موضوع یم میانیٚن ناٹکن منٛز چھ جاے لبان۔ یِمنے موضوعن ہُنرٕ تخلیقی
وُزنہٕ چھیٚنہٕ منٛز ملکہٕ کیٚن رِوایتی تہٕ لُکہٕ رنٛگہٕ بدٕپن منٛز تجربہٕ کرنٕچ وُتِش دِوان۔ یِم
جُزنہٕ تہٕ لوٕ قطعیٚن بدٕپن منٛز یتی تہٕ اہم چھُ چھُپکہ بہٕ تار کرتھ بدِ کُڈان تہٕ اَکِس
مخصوص ہیٚتھرٕ زنم دِوان۔ لیُس میانہٕ تخلیقی ضرورتُن زر چھُ پورٕ کران۔ مغربی تھیٹرچ
رزمہ زان تہٕ اِنہ کالہٕ کیس بھارتی علاقایی ڈرامہٕس سیٚتی واٹھ آسنہٕ کِنی چھُس کُنہٕ حدس تام متاثر۔
ملکہٕ کیس یتھ لُکہٕ تھیٹرس منٛز چھُ اَکھ اسہٕ دُن کِردارٕ لیُس مسخرٕ یا ودُوشک
نقال یا کاشرِ پاٹھو باندٕ ونان چھ۔ ییٚمی سٔنز خاص کام چھیٚنہٕ خالص آسہٕ ناوُن

پانَس پیٹھ اُسُن تہٕ پننِس اَندی پکھس پیٹھ خَنٛدٕ کرنہٕ منٛز کوشش زانِس
کِردارس کرنہٕ نوٚو اَنمانہٕ زوٗ عطا ییتہِ زَن یِہم کالس سیٚتۍ موزوٗن مناسبت تھَو تہٕ تمۍ ہُنٛدِ دٕسی پننہ
دُنِہِہُک تہٕ زِندگی ہُنٛد بیٚنے ماہیتھ باوُتھ ہیٚکوٗن میانین ناٹکن منٛز یِہ شانہٕ ووٚدگن
وُرِل کِردار مختلف رُوپن منٛز لبنہٕ۔ اَتھ مسخری کران تہٕ اَتھ خَنٛدٕ کران۔ گرا دھانٛدلین
پردٕ چاک کران تہٕ گرا ظُلمس تہٕ جبرس ییتہِ پیٹھ موکھٕٹ تُلان تہٕ عام لوٗکن ہٕنٛزن
خامیین تہٕ کمزوٗریین پیٹھ اسان۔ کنہٕ افسر شاہی ہنٛز چھنٛدِل ننہٕ راوان تہٕ کُنہٕ چھِر گری
بدٕ کٔڈان۔ پوٚز ہے بۄزِ وُسہٕ چھہٕ ضمی نِشانس کان لایان۔ اَما پوٚز ماران تہٕ ژلی کرِ لوٗکن
ہلی کانہن گرٕس کران۔

بہرحال اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ یہٕ کیا چھِسکہٕ خالِص لکھ اَسہٕ ناوٕنۍ پرٛھان
یا اُسُن موضوع پرٛھان بناوُن۔ ظرافت، سانٛگ، نقالی، مسخری تہٕ بانٛڈل چھِے صرف
ذٕریِہ۔ ییمہٕ کنۍ قٲری یا درشکس لکہٕ فطرت یِیہ باونہٕ۔ میانۍ کنۍ چھُنہٕ ناٹک یا اَدبُک
کانہہ رُوپ خالِص ہنیٚز منٛز تجربہٕ کرنُک مشق۔ نہ چھُہ کُنہٕ مخصوص نظریک پروپیگنڈا
کرنُک ذٕریِہ۔ مکمل رنٛگہٕ اَلہٕ بگوچھ تیٚلہٕ سپدان ییٚلہِ یہٕ تمہٕ زمانہٕ چہٕ تہٕ زِگتہٕ چہٕ پیچیدگی
منعکس کرِ ییتہِ منٛز اَسی زُوان چھہٕ۔ برٕ چھس پرٛھان زِ میانۍ ناٹک وُچھتھ گرٕ چھو لوکھ
سوٗنچنہٕ، تمہٕ گرٕ ژھ تھکیپہٕ منٛز من رنٛزِ ناوِتھ نیرِ ژٕ ضوٗرۍ رٕوٗر مگر تمِک تاثرات تہٕ سوچ ہیتھ
ییتھ یہٕ دُنی یا بدلاوِہن تہٕ آدم رُت اِنسان بنہ ہے، بجا تہٕ پایرجا سپدِ ہے۔

کانہہ توارٛیخی واقہٕ یا اُلکہٕ کتھ تہٕ چھس بہٕ پننِس مخصوص رُوپس منٛز پیش
کران۔ ییتہِ جدید دورس سیٚتۍ تولُق آسہٕ۔ خالِص توارٛیخی واقہٕ یا اُلکہٕ کتھ پرٛھ آسہٕ
تہٕ پرٛھہ چھُنہٕ مےٚ کُنہٕ کانہہ دِلچسپی تھاوان ژلی کرِ اَتھ گرٕ ژھ ضوٗر رٕوٗر موجوٗدٕ دورس سیٚتۍ

مُناسبت تہٕ توٲلُق آسُن۔ یِمہٕ کِنۍ دٔلیل لگہٕ کُنہٕ یا توٲریخی واقہٕ ہیٚمہ بدلیتھ یا تہٕ چھہ علامتی کِردار ہیتِیار کران یا مجازی یا تمثیلی رۄپ رٹان۔

یِمنہٕ وۄجوٗدٕ کِہِن سُنٛزن مُشترہٕ تہٕ چھہ منٛزٕ کٲشرِ ہِنٛد لول تہٕ اٲمار۔ منٛزٕ چھہ یِیتھٕ تِک ہوا، ترٲلش تہٕ میٚنِشر ٹاٹھ۔ اَکِہ اَدرِیٹھ ناپکہٕ ہِنٛد اَزٕ صیون گنڈٕ چھہ منٛزٕ اَکھ ہٕشتس سیتی جۄڑتھ۔ یِہے وَجہ چھہ شاید یِیلہٕ تہٕ منٛزٕ موقہٕ میلہٕ یہٕ کُس راج ترنگنی ہِنٛدِک وَرق پھِران تہٕ پٔران یِیتہٕ منٛزٕ یِیتہٕ چھہ میٚنِشرِ ہُنٛز کتھ چھِنہٕ میلان۔ یِمہٕ وۄاٹ ہِنٛدِ مناظر چھہ منٛزٕ پٔزٕ اَرنا دِوان۔ اَمارن گٔزٕ یکہٕ دِوان۔ خوشیہٕ آسٕر تہٕ واٹنا کھہ جذبات وُلِش دِوان۔ یِیتہٕ کِہِن موسمن تہٕ رِیتن ہِنٛد ذِکرٕ کُھشِر تہٕ رَنٛگ بدلون دِنِشمان چھہ منٛزٕ پانہٕ اَکھ ڈراما لبنہٕ یِوان۔ یہٕ چھہ سہٕ رِشتہٕ یُس آدمس تہٕ فطری قوتن پانہٕ واٲنٛزٕ چھہ تہٕ یِہے رِشتہٕ چھہ میٚنِشر اَکھ ناٹکس پوٗت منظر تہٕ بخشان۔

---

"طوطہٕ تہٕ آنہٕ" چھہ حاضر۔ طوطہٕ چھہ تی باوان یہٕ ہیٚنو چھمت چھِن آسان، تہٕ آنہٕ چھہ تی ہاوان یہٕ بُنتھ آسہِس۔ پٔزٕ یِیمہٕ رنٛگہٕ وُچھوس تمی رنٛگہٕ ہاوِ عکس۔

فروری ۱۹۸۳ء

موتی لال کیمو

کِردار:-

مرد

اَدا رَنگ
سَلا رَنگ
راژ
دانا وُزیر
دَشہ داس
طوطہٕ

زَنانہٕ

مہارانی
وزیر امال
اپسرا
سُمیرا

تہٕ

کورس

(گہلس جنگلس منز کھوژنہٕ موکھہٕ ڈول تہٕ تالہٕ ہوٚر وایان وایان
اَدا رنگ تہٕ سدا رنگ اژان)

اَدا رنگ: (نمسکار کرِتھ لوٚکٕن کٕن)۔ شرٕن گژھہ تس آدِ دیوٚس گژھن یُس ساری وۍہگن چھُ دوٗر کران۔

سَدا رنگ: (زَنتہٕ کانٛسہِ دیوٚس پرَن بہوان) پرَن گژھہِ تس رازس پیوٚن یُس بۍہ نِشہِ چھُ دوٗر کھاوان۔

ادا رنگ: سدا رنگ! گوٚن تہٕ گہل وَن تژود اَسہِ پتھ (دایُن تژاوان)

سَدا رنگ: (ژوہ پاری نژان) شُکرٕ پرمیشورسٕنٛد۔ میٖتہٕ چھُ تی باسان اَدا رنگ۔ یتہٕ چھُ جانا وار موٗدر بوٗلہِ کران۔ ہاں۔ اَسی چھہ کَتھہ تام تیپہٕ وٚنس نزدیکھ۔ وُچھ یتہٕ چھِ خالِص وَچھہ کجہٕ۔ ہی تھٔرتہٕ گوٗلاب تھٔر۔ واہ واہ! خوش یوٚن نظارٕ۔

اَدا رنگ: اَما ڈلوطرٕسٕنٛد بوٗنُ چھُ کَنٛن گژھان۔

سَدا رنگ: وُچھ ہَکیاہ چھُ اَسانٛز وُچھان۔

اَدا رنگ: یہ چھُ اَسی نزدیکھ یوان۔

سَدا رنگ: نژان نژان وُچھان۔ اَسی وُچھتھ توشان۔

اَدا رنگ: زَنتہٕ چھُ اَسی اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ یوان۔

سَدارنگ :۔ سونٹے کانْہہ پتُّر ما چھُ ؟

اَدارنگ :۔ اَلےِ ! وُچھ دژاد یئنہٕ جورِ سیتی یکہٕ پانس ۔ دِ قدم ۔

سَدارنگ :۔ پرژ پہَن جایا وُچھنہٕ کڈہاو ثھکن ۔ پتہٕ رُنہٕ ہَو بتہٕ پاد ۔

ادارنگ :۔ پوٗز بوٗچھ چھیٚے سہی بلجُٔٹرٕ یکہٕ جَل جَل ۔

سَدارنگ :۔ ادارنگ ! تُلکہ نا کانْہہ تال ۔

ادارنگ :۔ تال کِنہٕ راگ ! دُربِدٕ کِنہٕ بوٗڈ رُنگ ۔

سَدارنگ :۔ تمہِ سیتی گُذرِ سَے ، بیٚیہٕ ژلِہ ثھکن ۔

ادارنگ :۔ تہٕ اَسہِ کوٚت چھ واتُن ؟

سَدارنگ :۔ راز دانہٕ ۔

ادارنگ :۔ کیاز ؟ نمنترن چھا کُنہٕ رانْز گُروک ؟

سَدارنگ :۔ نہٕ تہٕ چھیٚے رنْگہٕ دِتھے لگن واجینی ۔ اَسی تہٕ باوُ پَتُن رنْگ

اَدارنگ :۔ تمے پرانہٕ داہی دِوتا ہَن ہنُٹر لیلا یہٕ ۔

سَدارنگ :۔ تی چھُ سون پیشہٕ ۔ موروٗثی پیشہٕ ۔ اَدَے چھُکہ دوٗ نمت ۔

ادارنگ : کیا سَنا ؟

سدارنگ :۔ ادا رنگ تہٕ سدا رنگ ییٚلہٕ کھرُان لیلا رنْگ

ادارنگ :۔ رنْگہٕ دِوِیہٕ پھولان رنْگ لگہٕ جشن کھسان رنگ

سدارنگ :۔ اَسہِ چھُ پھولان پانس زنْگ

اَدارنگ :۔ لوٗکن منٛش ژلان زنْگ

سدارنگ :۔ لیٚس تہٕ دوان ماٛنگے دان

اُدارنگ :۔ تَس ما اَنان توتہٕ تنگ۔
سَدارنگ :۔ ادارنگ اِہے ادارنگ۔
ادارنگ :۔ رٔژھن پھوان لوٚکہٕ رٔنگ۔
سَدارنگ :۔ اَدارنگ ہے اَدارنگ ؟ (ژھوپہٕ) بوزان چھکھ نا اُدارنگ۔
اُدارنگ :۔ مۄنے آسے دٔلیس پَتھ رٔنگہٕ ستی آہٕر۔ وَن کیا چھے وَنُن۔
سَدارنگ :۔ گٔستام سُندرٔکُن ہیوٗ چھُ گژھان۔
ادارنگ :۔ یَتھ جنگلس مَنٛز ؟

(دوٚشوٕے زٔنتہٕ کھوژان)

سَدارنگ :۔ آ۔ ژُ چھہٕ ژھاسے ہِش چھیٚے گژھان ؟
اُدارنگ :۔ ٹھیک چھہٕ۔ وایان گژھہ تیٚلہٕ تالہٕ ہۄر۔
سَدارنگ :۔ تکہٕ دِن دِن۔ تکہٕ دِن دِن دِن۔
اُدارنگ :۔ تکہٕ دِن دِن دِن۔
(ریَس منزلس مَنٛز گژھان راز ہٕنٛز آواز)

راز :۔ خبردار ! تہۍ کَم چھِوٕ !
سُدارنگ :۔ تکہٕ دِن دِن دِن۔
اُدارنگ :۔ (زورہٕ زورہٕ ڈوٗل وایان) تکہٕ دِن دِن دِن۔
راز :۔ ییٚتہٕ برٛونٛہہ پکِو۔
سدارنگ :۔ میاٚنہٕ دَیو ! یہٕ کمۍ ہٕنٛز آواز !! (ڈوٗل تہٕ تالہٕ ہۄر وایُن بند کران)
اُدارنگ :۔ ٹھُہر ! ژٕ لیُس چھُکھ نہٕ چھُکھ۔ اَسہٕ برٛونٛہہ کُن یِیہٕ۔

(باپوشاک، تاج لاگتھ راز یوان بَرؤنھ کُن)

راز :- آس ! وُچھو کُس چھُس ؟ راز وِکرم ؟ مشہوُر راز ! مےٚ چھوٗنا پژزنا

سَدارنگ : (حاران گژھتھ) راز وِکرم۔

ادارنگ : سون راز وِکرم !

دوشوُے : (پیرن پیوان) توہیہ مہراج اُسن سون بجے کار۔

راز :- تُسکھی رُوزد اتھ کم چھو ؟

اَدارنگ :- اُسہ نَہرا (ڈول دایان) تِکہ دِن دِن دِن۔

سَدارنگ :- مہاراج ! لیلاہ گرِی۔ ناٹکھ کرن والی۔

ادارنگ :- مہراج ! ڈوٗتو کیا آگیا چھےٚ۔

سَدارنگ :- اُسی کوسہ سیوا ہیکو کرِتھ ؟

راز :- میٚون ٹوٹھ توکر سنجے داس گُذرتو۔

اَدارنگ :- تژاہہ تژاہہ !!

راز :- مےٚ چھُ لُس ہُتھ کوہ اَٹھِس پلیٹھ داہ دُین۔

ادارنگ :- داہ !! مہاراج ! آسہ ما گژھ پژاہ !

سَدارنگ :- اُسی مہاراج چھِنہ کاوِج۔

اَدارنگ :- اَسہ مہاراج چھُ راز داتہ داتُ۔

راز :- توہیہ چھُ راز وِکرم حُکم دِوان۔ سُہ چھُنہ کینژھہ تہ بوزُن یژھان۔

اَدارنگ :- مہاراج شُند حُکُم۔

سدارنگ :- راز وِکرم شُند حکم ! تہ مادھیہ ؟

راز :- (پَنٕنہِ اَوٚنگجہِ ہاوُتھ) اَکھ سوٚنہٕ ہٕنٛز داج !

اَدارنگ :- پکوٗ۔ مہاراج ! اَسی سادوٚ توٚہۍ۔

(ترٛینٛشوے زَنتہِ گوٚلگو تہٕ پَنٕنہِ وٕتھرو مُنٛزی لِیکان تہٕ سیلجس

ادر یور پکر دِوان)۔

راز :- پکوٗ مےٚ ستی۔

سَدارنگ :- مہاراج ! گستاخی ماف۔ تُہی کیاز یتھ وٕلس مُنٛز پَنٕنہِ نوکرو

چاکرو روٚستے۔

راز :- توٚہۍ چھُیتا خبر ؟ رازِ وِکرم چھُ وُریس مُنٛز کینٛہہ رِیتھ جنگلن مُنٛز

گزاران۔ اَدِ کینٛہہ دوہ گام یتھ جنگلس مُنٛز تہٕ میون رازٕ۔ آں۔ آں۔

سدارنگ :- کُس مہاراج ! تُہنٛد راز !

راز :- میون نوکر سِنٛجے داس گو مُرتھ ہنگہِ مَنگہِ۔

اَدارنگ :- ہنگہِ منگہِ۔

سدارنگ :- ترٛاہہِ ترٛاہہِ۔

راز :- ژکہِ اوس شہ بڈٕ رحمدِل تہٕ دَیا دان۔ وُنی ! اَکھ طوطہِ جوری اَس

کُلس پیٹھ وہ لسنس آہۍ۔ اَسی دوٚشوے رازٕ ..... تہٕ بہٕ.....

اَدارنگ : تُہی کیا مہاراج وَنان، راز تہٕ تُہی ؟

راز :- یانے بہٕ راز وِکرم تہٕ سِنٛجے داس اَسی ہمٕن تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ اَتھی مُنٛزی

آو اَکِس طوطس کُس تام شِکارِی سُند تیر تہٕ سہ آو لاینہٕ۔ دوٚیم طوطہِ

گو وہ داسی۔ تُرِ دِژ نالہِ تہٕ مازس گو صدمہ۔

سدارنگ :- ہے! کیا مہاراج چھِو وَنان؟
راز :- مے کیا وَون؟
اَدارنگ :- زِ رازس گو صَدمہ۔
راز :- اوّہ! اوّہ!! (دِگلس ٹھقہ کرِتھ)۔ نَہ۔ نَہ۔ سنجے داسس گو صَدمہ تہٕ تمی ترٛا وِی پٔران۔
ادارنگ تہٕ سدارنگ :- ترٛاہہِ! ترٛاہہِ!!
راز :- تَنہٕ پیٹھہ چھُم سخت پھیران۔ کَنہٕ تہٕ چھِم کھوکھر گرِشھان۔ کینہہ نَہ؟
اَدارنگ :- مہاراج! توہہِ آسہِ ہے یہ سیٹھا ژوٹھہ تُکر۔
راز :- سیٹھا ژوٹھہ! یتھہ زِ راز اوسس نہٕ مے وَرائے کانٛسہِ ہنٛدِ اَتھہ کھیوان چیوان۔
سدارنگ :- مہاراج! یہ کیا چھِو وَنان! اتھہِ چھُو نا راز وِکرم؟
راز :- آ- آ- بہٕ چھُس راز وِکرم! مہاراج وِکرم!!
اَدارنگ :- تیٚلہِ کیاز چھِو وَنان زِ راز اوس نہٕ توہہِ وَرائے کانٛسہِ ہنٛدِ اَتھہ کھیوان چیوان۔
راز :- ہے اَفسوس! بہٕ چھُس غمس منٛز اوڑ یوڑ بکان۔ راز اوس نہٕ بُزی کِنی۔ آں، ہاں۔ بہٕ اوسس نہٕ بُزی کِنی سنجے داسس وَرائے کانٛسہِ ہنٛدِ اَتھہ کھیوان چوان۔ سنجے داس اوس یکہٕ وِشواس پاتر۔ پَرتھ ساتہٕ مے سینٛتہ سیتی۔
اَدارنگ :- (ہمتکان) مہاراج! وُنہٕ کوتاہ چھُہ یکُن؟

راز :۔ بس وأتی۔ ہتہ کلۍ گنزس تام۔

(رز ژنی اژان اکہ لوکٹ پرد وہراُوتھ یتہ پیٹھ جنگل چھ بناُوتھا

سدارنگ :۔ مہاراج! تہ ہرِ اوس نا بنیہ کانْہہ وزیرا، وارژیکاہ ستی۔

راز :۔ راز وکرم اوس ہم دوہ جنگلن منز خالص پننس تا ٹھس نوکرس

سنجے داسس ستی گذاران۔

ادارنگ :۔ مہاراج! تو ہی کیاز اُسہ شکس منز نزادان؟ تہی چھونا راز وکرم؟

راز :۔ آ۔ آ۔ بے چھس مشہور راز وکرم تہ یکیاہ چھ میون نوکر سنجے داس

گُرِ تھ شریر۔

(رزژی پرد ہیتھ نیران۔ اتھ پتہ چھنے نوکر ہنز لاش درینٹھ یوان)

ادارنگ :۔ دَے دِین اُمس شانتی!

راز :۔ (راز اچھ وُٹھتھ) مہا شانتی!!

ادارنگ :۔ یہ آسہ ہے ستھا شوٗد نوکر؟

سدارنگ :۔ بڈ رُت؟

ادارنگ :۔ باپژھ؟

سدارنگ : تہ ــــ وفادار؟

راز : (شک سان) تہی کیاز یہ ونان؟

ادارنگ : (زنتہ ودان) مہراجہ سند ٹوٹھ نوکر مرنس پتہ۔

سدارنگ :۔ امس کُرِ آسہ ورژہ وانجہ ژھٹھ باکھ۔

اُدارنگ :۔ مہاراج ! اُمِس ماژوٗل اَنتہٕ وَقتَس کینہہ نیرِ نہٕ موکھ مَنزٕ۔
سَدارنگ :۔ مہاراج ! اُمِس ما اُس کانٛہہ یَژھاہ ؟
راز :۔ یَژھا ؟ آ۔ آ۔ اُمِس اُس یَژھا !
اُدارنگ تہٕ سَدارنگ :۔ مہاراج ! کیا ؟
راز :۔ راز بَنہٕ ہٕنٛچ۔
ادارنگ تہٕ سَدارنگ : کیا ؟
راز :۔ راز بَنہٕ ہٕنٛچ ۔ آ۔ یہ اوس یَژھان راز بَنُن۔ (پالَس سیٖتی) رازٕ دِکَرم بَنٛز
اُدارنگ :۔ یُوت گستاخ !
سَدارنگ : یُوت جُب نہٕ جُرتھ۔
راز : ڈُلو تِہٕ کَرُو بَندتھ۔ نمون کوٗلہٕ بُھکِس تام۔ تِتی بناوُس ژٕ بنتا تہٕ نمون زالِتھ۔
(اُدارنگ تہٕ سَدارنگ لاشہٕ کلَس تہٕ کھوٗرَوَ تل تُلان تہٕ رازٕ کمَرس تَل یِشو ہیتھ ساری سٹیجَس چکَر دِوان)۔
اُدارنگ : مہاراج ! تلیٖوٗن ؟
سَدارنگ : تلیٖوٗن ! ادم دَیا !
اُدارنگ : یہ شو مہاراج چُھ سیٹھا گوٚب۔
سَدارنگ :۔ یہ مہاراج چُھ وُشُن
(طوطہٕ سُنز بوٗلی گژھان)
راز :۔ وُشُن ! یہ چھا دُنہٕ وُشُن۔ نہ یہ آسہٕ شِھیٖو مُت !۔

اَدارنگ : ( اَسمانس کُن وُچھتھ ) اَما یہ طوطہٕ کِتھ ونُن۔ یہ چھُ اَسہِ پتہٕ پتہٕ وُچھہ لیوان۔

سَدارنگ :۔ یہ ما چھُ باوزِ گومُت۔

(ساٹری تِرِتھ حرکت کران زنتہٕ چھکھ دِگُن یوان)

اَدارنگ :۔ مہاراج ! یہ کوتاہ بدچھُ۔ یہ زُن چھُ توہہِ دِگرِ یوان۔

سَدارنگ : یہ مہاراج چھُ طوطہٕ جورِ۔ دوۓ منتر اَکہ توہہِ دِگرِ لیوان۔

راژ :۔ ہا۔ ہاں۔ ہاں۔ اُف۔ تھاٗوِو یہ شُوٗ یینہٕ نس۔

(شوٗ ٹھوان ہیوٗر کھوورِ سِٹجس کُن پَھٹر۔) گرژھو اَنو دوٕنی یِلیمہِ جنگلہٕ

منتر ہو چھُ ہیچہِ ژھاٗرِتھ یہ زالون۔

اَدارنگ :۔ مہاراج ! یِژھہ آگیا آسہِ۔

سَدارنگ : مہاراج ! یہ طوطہٕ چھُ توہہِ دِگرِ یوان۔ وُنو اگر اُسی کرِدس ہش

ہش کران لار۔

راژ : نَہ یہٕ گَژھن پلنۓ۔ راژ وِکرم چھُ جاناوارن تام اِنصاف کران۔ گژھو

اَنو ہیچہِ سوٗمبراٗدِتھ۔

(گاٗشس سوٗنھان۔ راژ نیران۔ ادا رنگ تہٕ سَدارنگ ساٗری سے

سِٹجس پھیران پتہٕ وِنگو منتری زِنی ہیچہِ ہینےٚ ہینےٚ اٹھان زنتہٕ

ٹھکی مِتی)

اَدارنگ : سَدا رنگ ! کیا ساٗ ژِیوٗنتھ کینہہ ؟

سَدارنگ :۔ کیاہ سنا ؟

اَدارنگ :۔ یہ راژ کرِتھ کِتھ ادس کران ؟

سَدارنگ :۔ اڈری دِ یِژی۔ گَگا میثون رازٕ تہٕ گرا میثون نوکرٕ بنے داس۔

اَدارنگ :۔ اُمِس چھاپزی کِمَن مندِمہٕ ؟

سَدارنگ :۔ نوکرٕ سِند مرُنک ؟

اَدارنگ :۔ وُچھ کیاہ وَنکھ۔ راژس بنَن خبر کیتی نوکرا اکِس موئلی نوکرٕ ہٕندِس

مرنَس پیٹھ پھیر تایٔتس یِوت۔

سَدارنگ :۔ ژُوٹھ گو تَوٹھو۔

اَدارنگ :۔ متے چُھ شَک ہیکو گژھان۔

سَدارنگ : کیاہ ؟

اَدارنگ :۔ یہ چھاپزی پاٹھی راز وِکرم۔

سَدارنگ :۔ چُھنا ؟ یہ شتہٕ اَدکُس۔ وارٕ تہٕ کارٕ سازٕ وِکرم۔ مگر۔

اَدارنگ :۔ کیاہ۔ مگر کیا ؟

سَدارنگ :۔ کتھٕ کران وُچھا پُرکرتہٕ کاڈپو ڈُولمُت ؟

اَدارنگ :۔ اَدِ سا تہٕ تُل ہَچہٕ تَنڈل۔ اَبہٕ کیا ؟ رازٕ آس تَن کاڈپو ڈولمُت

اَبہٕ کیاہ کَرِ ؟ یِکھہٕ ہٕ کولہٕ بُٹھِس تام۔

سَدارنگ :۔ (ہچہٕ تلان) یِکھ یِکھ ـــــ ولے بیٚتہٕ کرٕ موکلو وِدنی۔

اَدارنگ :۔ داہ پیٚتہٕ !

سَدارنگ :۔ داہ پیٚتہٕ تہٕ پیٚتہٕ ؟

اَدارنگ :۔ پیٚتہٕ گژھو نگر کُن۔ یُت جَلد ہیکَو گژھتہٕ تیوٚت جَل۔

سَدارنگ :۔ یِکھہٕ تیلہٕ جَل۔ کراوم وَیا (بور تُلان)

اُدارنگ :- ہی دِیا۔

(دُبیران۔ گاشس سوٗنان)

(کینژہ تیپہ رنیشی۔ داسس بسپاہ۔ ژرونرز۔ موسیقار۔ نوکر۔ واچھدار / باپاری۔ دأسی بہ بیتر مختلف پوشاکھ لاگِتھ اُژان کورسہ کس رٔنپس منشر۔ گکوبنہ پتہ سأری سیٚ سٹیجس کھیترتھ ہینور سٹیجس کھسان تہ رکھہ ساریٚے کامہ انجام دِوان یمہ پٔرتھ منظرس سٕتی وابستہ چھیٚے۔)

کورس :-

| | |
|---|---|
| ایشر سوزان چھکھ ژأری ژأری | لکہ نایک گونہ کأری سیٚے |
| بنیہ چھکھ کرتل زیوٗ دوہ لکأری | یم کتھو سأ وِلوہأری سیٚے |
| نیشرن اَتھ بیلہ لگہ سُردأری | آسہ رتین لاچأری سیٚے |
| پرزس برنین کھادن نأری | یم کتھو سأ وِلوہأری سیٚے |
| سکرتوتن ماچھکھ پرزنہ گأری | تھز چھکھ ناما دأری سیٚے |
| اِنسان سٕیکو یم اُدھیکأری | یم کتھو سأ وِلوہأری سیٚے |
| پٔزاران آسن اَتھہ دأری دأری | آشاوان لکھ سأری سیٚے |
| اَتھہ چھینی لوسان چھی پرأری پرأری | یم کتھو سأ وِلوہأری سیٚے |
| اُتنہ بدلہ تُت سرو آدکأری | راجیٚت چھاوِ ژوپأری سیٚے |
| پی گیہ وُتینچ ساد مکأری | یم کتھو سأ وِلوہأری سیٚے |

(دپتہ اکہ اکہ ونان)

ا۔ بھرشٹا چأری

۲۔ وبھی چاری
۳۔ ڈر آژ اڑی
۴۔ کہ کرمن لاڑی
۵۔ کہ وشراری

(کورس کھسان ہیور سٹیجس۔ موسیقار رٹان بنیہ جاے
ژونز تلان داوجہ بیتیر تہ روزان اکس تختس دپاسے، بیٹھ
ز داسی یہ روزان زنتہ ڈپکدوان بنیتھ۔ بلکہ روزان کورسس
سٹی تھر کرتھ لگن کن۔ موسیقار دایان تال یتہ پیٹھ داناوزیر
پژویش کر)

داناوزیر :۔ اے داسی! راج ماتا یہ کرو شینچھ۔ بہ چُھس تہند درشن کرنہ آمت۔
(اکھ داسی پوت پھیرت بیٹھ ونگہ کن گژھان۔ تہ
پتہ اڈوتہ واپس پھیران۔)

داسی :۔ مہارا! راز ماتا چھنے یوری پکان۔
(موسیقار دوان تال تہ مہارانی کران دوٚیمہ طرفہ پژویش)

داناوزیر :۔ راز ماتا! نمسکار۔ پادِ پڑنام
مہارانی :۔ نمسکار (تختس پیٹھ بہان) ونو تہہ کیتہ کنی چھو سند میا سمیس آمتہ
داناوزیر :۔ ماتا! وُنی وُنی داتہ شینچھ زِ مہاراج وِکرم چھ وَنہ پیٹھ واپس پکان۔
مہارانی :۔ (خوش گژھتھ) اچھا! تم چھا ٹھیک پاٹھی۔
داناوزیر :۔ ماتا! شینچھ چھنے زِ تم چھ بلکل ٹھیک۔

مہارانی :۔ پرمیشورِ شند اَتھ گژِیہ۔

دانا وُزیر۔ مگر۔

مہارانی :۔ مگر کیا؟

دانا وُزیر :۔ خبر چھیٚ زِ تَمَن سٕتۍ روزَن وول نوکر سنجے داس چھُ ... سو رگواس گوٚمُت ۔

مہارانی :۔ ہاں! ہئے ہے ...... سنجے داس کیا سُپُد، شہ ہئے وار تہٕ کارِ اوس، اوٚر تہٕ دٔزر!

دانا وُزیر :۔ تِمس کیا سُپُد، تہٕ ماتا تَمہِ ووٚنی پانہٕ رازِس نِش اماپوٚز ....

مہارانی :۔ اماپوٚز ..... کیا؟ بیٚیہ کانٛہہ کتھ چھا؟

دانا وُزیر :۔ ماتا یوٚدوے آگیا آسہِ تہٕ وَنہٕ؟

مہارانی :۔ وَن؟ وَنان کونہٕ چھکھ؟ شُبےٚ چھا؟

دانا وُزیر :۔ شُبےٚ چھُ ماتا۔

مہارانی :۔ نتیلِہ کیازِ چھکھ وَسواس بَران

دانا وُزیر :۔ ماتا ۔ وَسواس چھ تہٕ چھنہٕ کانٛہہ کتھ مگر ........

مہارانی :۔ دلیل کیاہ چھےٚ۔

دانا وُزیر :۔ یہ ماتا چھُنہٕ پتاہ زِ رازَن کیازِ بدلووٕیِٛن اِرادٕ۔

مہارانی :۔ کُس اِرادٕ ؟

دانا وُزیر :۔ تِم آسی شُہن رتَن پیٹھ تیہِ وَن دٕژامتۍ۔ تہٕ اَکی ریٚتی کیاز کوٚرکھ واپس راز دانہٕ ژینک اِرادٕ۔

مہارانی :۔ دانا وُزیر! اَتھ مَنٛز کیاہ چھُ۔ گرٕ چھکھ، راج پاٹھ چھکھ، پرزا چھکھ۔

سوٗرے چھُہ تہنٛد۔ گوکھ منشا تہٕ ین والیٚس۔

دانا وٗزیر:۔ بے شک اسوٗرے چھُہ تہنٛدُے۔ اَما پوٚز مےٚ چھےٚ مَنس مَنٛز شنٛکا ہش ووتلان۔

مہارانی:۔ کیا شنا؟

دانا وٗزیر:۔ راز گوٚ نہٕ پنُن ارادٕ بدلاوُن دول۔ ییٚہ پھٕٹراوُن تہٕ تِم ہنٛگتہٕ مُشنگہٕ مُربادا۔

مہارانی:۔ (شکس مَنٛز پیوان)۔ کُس ارادٕ؟ کوسہٕ مُربادا؟

دانا وٗزیر:۔ ارادٕ زِ شین رٕتن پیٹھ وزاپہٕ تِم تیٚہ وَن تہٕ ویٚلِس مَنٛز شییٚہ رٕتھ تیٚہ وٗلس مَنٛز گُزارُن چھےٚ تہنٛدِ راز کوٚہ بٕلی مُربادا۔ تہٕ یہٕ مُربادا پھُٹراوُن تہٕ تِم۔

مہارانی:۔ تہٕ تُہنٛزِ کیاہ شنٛکا چھےٚ۔ کانٛہہ دُشمَن کرِیا حملہٕ؟

دانا وٗزیر:۔ نَہ۔

مہارانی:۔ کانٛسہٕ وُزیرس بدلے یا رٔنیتھ۔

دانا وٗزیر:۔ نَہ۔

مہارانی:۔ کانٛہہ سازِش۔ رازس برخلاف۔ رازٕ کولس برخلاف۔ ورٕمس خلاف

دانا وٗزیر:۔ نَہ۔ نَہ۔

مہارانی:۔ تیٚلہِ کوسہٕ کتھ چھےٚ؟

دانا وٗزیر:۔ مےٚ۔ مےٚ۔ ماتا چھُنہٕ وُنُن زگان۔

مہارانی:۔ وَن؟ بے خوف پاٹھو وَن۔ مےٚ چھےٚ تُہنٛزِ پیٹھ پٔژھ۔ رازس چھُہ

چانہٕ وَفاداری پیٹھ ناز۔

داناوُزیر :۔ ارادٕ بدلیتھ کولہٕ مُریادا کھُٹرتھ ریتی واپس یُن۔

مہارانی :۔ دلیشہٕ کلیانہٕ موکھ یا کو لکہٕ پرترتہ پرزایہ ہندٕ پاہ جانی موکھ چھ یوان اِرادٕ بدلاونہٕ تہٕ مُریادا کھُٹرادنہٕ۔

داناوُزیر :۔ مگر مےٚ چھیہٕ باوتھ لگان کرٕنی پننہٕ شنکایہ ہُنز۔

مہارانی :۔ کیازِ ؟ سنکوچ کیازِ۔ کُنہٕ کتھہٕ چھیہٕ باوٕنی لایق۔

داناوُزیر :۔ ماتا۔ یُس راز وِکرم پگاہ یور ییہِ، سُہ آسیا سُہ تہٕ تیٚتھُے رازٕ وِکرم یُس یور تیٚیہِ وَن دِرایوو۔

مہارانی :۔ دوو ہتھ گُدرتھا ہے! ژٕ کیا وَنان۔ تُہ چھا ٹھیک پاٹھو۔ ژٕ کیازِ مےٚ وہمس منز تراوان۔

داناوُزیر :۔ تُہ چھو بلکُل ٹھیک مگر سُہ آسیا سُہ رازٕ وِکرم۔ نیتھ پسند۔ دھرماتما۔ کرمیہ دان۔ پرزایہ ٹوٹھ۔ رازٕ وِکرم کُنہٕ بدلیو مُت ژٕ رہتھ۔

مہارانی :۔ (وسواسہٕ سان) سُہ نتہٕ آدٕ کُس۔ ژٕ کیاہ وَنان دانا وزیر۔

داناوُزیر :۔ ماتا مےٚ وَنیو و گوڈے ز مےٚ تگہٕ نہٕ وَنُن۔

مہارانی :۔ ژٕ کونہٕ صاف صاف وَنان۔

داناوُزیر :۔ مےٚ چھُ وہمہٕ سنیو مُت۔

مہارانی :۔ دانا وُزیر! کُس وہمہٕ چھُکھ ہیٚو تمُت۔ رازٕ وِکرمس کُس اکھ ہیکہٕ نہٕ زانتھ تہٕ پرزٕناوِتھ۔ ژٕ۔ بہٕ۔ دوٚیم وزیر۔ سیناپتی۔ سینا۔ مگر واسی۔ کُس اکھ زانہٕ نہٕ تمن۔

داناوُزیر:- ماتا میون دُہہ۔ میون بزم۔ میانِٛ شنکا چھے سیٹھاہ مُشکل باوُنی۔
مہارانی:- گژھہ وسواس نہ ہیٚیے۔ کرِو رازِ وِکرمس باشان سُواگت کرنچ تیاری۔
داناوُزیر:- ماتا ضرور کرِو۔ مگر اکھ وِنتی چھم کرنی۔
مہارانی:- وَنیو۔
داناوُزیر:- ماتا! تُہۍ ہاوِو نہ توٚتام رازس پان یوٚتام نہ بہٕ تۄہہ مشورٕ دِمہ۔
مہارانی:- (شرارتہٕ سان) کیا مےٚ چھا وۄنی چاننہِ حُکمہٕ پیٹھ تمن سمکھن۔
داناوُزیر:- کھِما کرِو ماتا! اکھ منز چھُ رازِ کولک تہٕ کوٚلہ مریادا یہ ہُند پرژر تہٕ بجر۔
مہارانی:- بہٕ زانہٕ سارینے رازٕ مریادایہ۔ ژٕ چھکھ خالص وُزیر۔ ژٕ چھکھ پَننی خوشی پیٹھ مشورٕ مےٚ حُکم دِوان۔ مےٚ چھا پننس سوامیس چون اجازتھ پڑاوِتھ سمکھن۔
داناوُزیر:- ماتا! بہٕ کیتہٕ کرٕ یژھ حماقتھ! مےٚ کرٕ صرف اکھ وِنتی نہ کیا زِ بہٕ ہیکہ نہ تۄہہ نِش ییٚنُن وُہہ صاف پانٛژھی باوِتھ۔ نہ بھگوان کرِنی میون وُہہ، میانِٛ شنکا اٚسِن اپزٕ۔
مہارانی:- ٹھیک چھُ۔ ژٕ سمکھ زِ مےٚ لیگاہ سندھیا سٔمیس۔ چانہٕ مشورٕ پیٹھ ہاوِ بہٕ رازس پان۔ یئے بنہٕ دِلہٕ دَر۔
داناوُزیر:- دِیو ماتا اجازتھ؟ رازِ وِکرمس تہٕ رازٕ ماتایہ اٚسِن بے جے کار دِنیران۔ رازٕ ماتا نہ نیران۔ ژوہ نڑ نکھاوان واوجہ بیتر ییٚنہٕ جایہ۔
کورس بیٚیہ لوٚن سیٹجس پیٹھ ژلان۔ موسیقی تہٕ نال رہزان چلہٕ وٕنی)

(کورس ۱)

زٔیٖٹھ :- تیٚتہٕ گٕنہٕ راج تاج دِتھ وٕپداین یٚتھ پان چھیٚپہٕ۔
باقے :- تمہٕ راز ہُری ژٕنڈراژن۔
زٔیٖٹھ :- کٕن پوٗترٕ تہٕ بھارٕ یاکرِن منٛز بازرن شُلام۔
باقے :- تمہٕ راز ہُری ژٕنڈراژن۔
زٔیٖٹھ :- سٔو پٔنس منٛز بخشِن راج تاج تہٕ تخت وِشوامترس۔
باقے :- تمہٕ راز ہُری ژٕنڈراژن۔
زٔیٖٹھ :- یٚمہٕ پٔزرس یِتھ کوٗریان جان تہٕ کوٚٹھمب فِدا۔
باقے :- تمہٕ راز ہُری ژٕنڈراژن۔
زٔیٖٹھ :- تہٕ بٔنیوٚو پٔزرٕچ اکھ مِثال۔ لازوال مِثال۔
باقے :- سٔتیہ وادی راز ہُری ژٕنڈر۔
پٔزری ییر راز ہُری ژٕنڈراز
زٔیٖٹھ :- یٚتہٕ سٔمسارس منٛز یِتھ تٕچ دوٚہے رٕتھو تہٕ گاٹلیو خارٕی۔ نادارٕی۔
دوٚکھ تہٕ سنکٹ۔ مگر
باقے : روٗچھکھ دوٚہے۔ پٔزر تہٕ اِنصاف۔
سارٕی :- پٔزر تہٕ اِنصاف۔ پٔزر تہٕ اِنصاف۔ پٔزر تہٕ اِنصاف۔

(کورس واپس ہیٚوٗر سٹیجس کھسان۔ وُزیرا مال آسان پلنگس
پٔتھ بیہتھ تہٕ دانا وُزیر گران اوٚرٕ ییر۔ وزیرا مال وۄتھان
ماپہٕ ۂشر تہٕ یوان دانا وُزیرس نِشہٕ)۔

وزیرِ مال :- کیاہ چھُو سوچان۔

(ژھوپہ)

دۄ ہیمو کمَن غوطن چھُو گتی۔

دانا وُزیر :- گژھہ کرٕ آرام ! مٕہ سٕن سمے آو ژیر۔

وزیرِ مالؔ :- کِتھہ کٔنۍ کرٕ آرام ! تہٕ ہیٚہ چھُہ کوہ ستنام فکرٕ۔ غم۔

دانا وزیر :- نہٕ فکر نٕہ غم - بلکہ شنکا۔ شک۔ اکھ چھُم مَن ژنزل۔

وزیرِ مال :- کتھہ پیٹھ۔ دربارٕچ چھُو کانٛہہ فکر۔

دانا وُزیر :- نہٕ۔

وزیرِ مال :- تیٚلہٕ۔

دانا وزیر :- لگاہ ییہ راز تیٚہ وَنہٕ پیٹھ رازدانہٕ والیَس۔

وزیرِ مالؔ :- اَدٕ یہ کوہ سہٕ فکر۔ تہٕ ہیٚہ وَسہٕ شانٛو پیٹھ بوٗر۔

دانا وُزیر :- نہٕ فِکرٕ چھُم بوٗر گوٗژھہ نہٕ گوٚبُن۔

وزیرِ مال :- کیازِ ؟ خزانَس چھا کینٛہہ چھُو نیوٗمُت۔

دانا وُزیر :- نہٕ تِتھہ چھُہ کانٛہہ بڑٕ ژر گوٚمُت۔

وزیرِ مالؔ :- اَدٕ۔ فساد۔ جنگ۔ تنازِیا لڑائے چھا دۄشمن واجبی۔

دانا وزیر :- نہٕ۔ پٔرتھہ طرفہٕ چھےٚ شانتی۔

وزیرِ مالؔ :- تیٚلہٕ کوہ سہٕ شنکا تہٕ فکر۔

دانا وزیر :- مےٚ چھُنہٕ پانَس فکرٕ تران۔

وزیرِ مالؔ :- یہ گیٚیہ ہشہٕ مٹھ فکرٕ۔ ترااَدٕ۔ ڈولکرٕ آرام۔ نیٚمبری نہٕ چھُہ زۄن نہٕ زانِمیٚن۔

(پلنگس کُن پوان بیٹھان)

دانا وُزیر:۔ آ۔ وَق آو ژیر مگر مئے چھئے نیٚنہٕ تہٕ نیٚنٛدرٕ گچھٕژ۔

وزیراماٚل:۔ تراٗوِد میانہٕ کھونہٕ مُشر کلہٕ۔

دانا وزیر:۔ شہٕ ژِ کرَ آرام۔ ہُرکرِ سوچ۔ مئے چھُ ژہٕ یتھ سبٕ قرار۔

وزیراماٚل:۔ کِتھ پٲٹھۍ؟

دانا وُزیر:۔ باسان چھُم میاٚنۍ وَفاداری ما کھسہٕ کہوچر۔

وزیراماٚل:۔ ژھنٛدِ یو شُترٕ چھا راژس نِش کانٛہہ شِکایتھ کرِمژ۔

دانا وُزیر:۔ نہٕ۔

وزیراماٚل:۔ کانٛہہ اَتُر؟

دانا وزیر:۔ نہٕ

وزیراماٚل:۔ کانٛہہ ژوے یا ساژِش؟

دانا وزیر:۔ بلکل نہٕ

وزیراماٚل:۔ تیٚلہٕ کِتھ پٲٹھۍ ژھٲی، ٹلی پریشان۔ کارُن؟

دانا وزیر:۔ تمی پاٹھی نہٕ چھُم باوُن زِگان نہٕ زانُن۔ مگر شک چھُم لگان۔ تہٕ

یہ شک چھُم رسِیہ ہنٛدی پاٹھی اَنٛدری تیچھُن تلان۔

وزیراماٚل:۔ مُشراوِد۔ وُلِ تراٗوِد کلہٕ۔ کرِو آرام۔

دانا وزیر:۔ آ۔ ہا۔ اِل۔

(کوشِش کران کلہٕ پلنگس پیٹھ تراوُنچ۔ طبلس پیٹھ وقہ تلان تال)

دانا وُزیر:۔ (تھوِد گرژھان وُفقیتھ) نیٚشری چھُ یکِن گرژھان۔

وزیرامال :- (نرِ داناوُزیرس نالۍ تژاوان)۔ بُلی شَک۔ ژُلوِشوِنگو۔ وَق آو۔

داناوُزیر :- نَہ کانٛہہ آسِہ ناوَس آمُت۔

وزیرامال :- نَہ کانٛہہ چھُنہٕ۔ وُذکینِس کُس پیہِ؟

داناوزیر :- ٹھٔہرِ۔ بہٕ تُژرِ بَر۔ نَظر دِمہٕ۔

(دوہ تھان کورسس بَرو تھہ کُن گژھان۔ کورس گژھان دوِن حِصَن مَنٛز۔ مَنٛزِس بَنان جاے۔ زِنتہٕ چھِنیے بَرَس سوٗتہٕ جاے)

وزیرامال :- یِہ آسِہ کانٛہہ رأچھ راوُک۔ نَتہٕ میٛأنی کانٛہہ ژوٕر۔

(اَبرس پیٛٹھ یوان اَکھا نیزِ بیتر ہیتھ زِنتہٕ ڈیٛنڈ وان۔ داناوزیر اَمِس کُن بُتھہ تہٕ تھَر لوکُن کُن)

ڈیٛنڈِ وان :- مٲہرا کھیما کَرِو۔ بہٕ چھُس یِہ شیٛچھ باونہٕ آمُت زِ ڈیٛنڈرِتل چھہٕ زِ تِیسی جوان تیپہٕ وَنہٕ پیٛٹھہٕ آمتی۔ تَم چھہٕ تتہٕ ہیرٕ سَمکھُن یژھان وُذٕ۔

وزیرامال :- کُس چھُہ؟

داناوزیر :- یِہ چھُہ ڈیٛنڈِ وان۔ ژٕ اَنکھہٕ تَم یِنہٕ تہٕ سان تہٕ بیٛہنا وُکھہٕ بیٛٹھکہٕ مَنٛز۔ گاشِش تھاوِی زٕ نالِتھ۔

ڈیٛنڈِ وان :- اَگنتیا مٲہرا آنِو باکل

داناوُزیر :- (ووٗت پھیرِتھ) زٕ تیسی جوان! تیپہٕ وَنہٕ پیٛٹھہٕ آمتی۔ فوٗرن ژھِنیے کانٛہہ رازٕچ کتھ۔

وزیرامال :- کیا ژُلیل۔ کَم چھہٕ۔

داناوزیر :- کَم تام تِیسی چھہٕ سَمکھُن یژھان۔

وزیرا مال :- وُنی کیٛن ۔ اَڈ راتھ۔

دانا وُزیر :- آسہِ کینٛہہ مجبوری ۔

وزیرا مال :- (نراش) اوٚنہہ ! اَتھ رازٕ کارس نمسکار۔

(ژکہٕ سان، لرِ پھیرِن دِتھ شوٚ لکان = تھٔر لگن کٔن)

(کورسہِ مٔنٛز ژٕ ٹۭئی اَکھ بٔرٕ دٕ ہیتھ لیوان ۔ تمہِ پتہٕ سپلنگس ہتھ رٕنان ۔

ییٚتسہٕ تھ ڈیٚپٕرِ وان آیوٚ ، تیٚپارٕ اَدا رنگ تہٕ سَدا رنگ پرٕوِلیش کران)

ادا رنگ تہٕ سَدا رنگ :- نمسکار! سوٚن اَسی توٚ ماہرا پادٕ پرنام۔

دانا وُزیر :- پرنام ! تُہہ کمٕ چھوٕ ؟

اَدا رنگ :- اَسی ماہرا !

سَدا رنگ :- اَسی مہرا چھہِ تپٔسی ۔

دانا وُزیر :- توٚہہِ کیٛاہ گژھہ ۔ کتہٕ پیٚٹھٕ آیہِ ۔

اَدا رنگ :- ماہرا ! تپٔسی کتہٕ پیٚٹھٕ ین ۔

سَدا رنگ :- اَسی آیہِ وَنہٕ ۔

دانا وُزیر :- کیٛاہ گژھِو ؟

اَدا رنگ :- اَسی ماہرا چھِہ مَنگنہِ آمتۍ ۔ بُلوکہٕ ۔

دانا وُزیر :- بُلوکہٕ کیٛاہ ؟

سَدا رنگ :- وَنہٕ پیٚٹھٕ آمتۍ وَنہٕ

دانا وزیر :- دُیتوٚ کیٛاہ چھُو وَنُن ۔

اَدا رنگ :- تُہی وَنِس ۔

سَدارنگ :۔ نہ ژِسے وَلُنُس۔
دانا وُزیر :۔ بےٚ خوف پأٹھۍ وُنِو۔ نیصیف راتَن تھُنڈرِ یورِیُنگ کارُن۔
ادارنگ :۔ اَسہِ ماہرا دِیُت وَلُنُس مَنٛز اُکس داسس داہ۔
سَدارنگ :۔ تَتۍ پیٹھۍ ماہرا چھُ گوٚمُت پٔراہ۔
اَدارنگ :۔ مَنٛس مَنٛز ماہرا ووہ تلے یہ شنکاہ۔
سَدارنگ :۔ توہہِ نِش ہینچ کرُسکھراہ۔
اَدارنگ :۔ پیٹھہِ اوس کیا ہتام تہٕ بدلو رُکھاہ۔
سَدارنگ :۔ بنے یہِ تیپسی تہٕ ترووٕکھ کھاہ۔
اَدارنگ :۔ سنتوش تھاوِو یوٚد پٔرِزھوِ کتھاہ۔
سَدارنگ :۔ مَنَس بِنہٕ ماہرا لگو چھوہ کھاہ۔
دانا وزیر :۔ (شرارتہٕ سان) توٚہۍ کم مَسخرٕ چھِوٕ۔ توہہِ چھا خبر زِ تُہۍ کس تروٚنہٕ کٔنہٕ چھِوٕ۔ اَڈ ماننٛ آوِ تُہۍ میٚثالُن کٔرُس مَنٛز۔ صاف صاف وُنِو کیٛاہ چھُو پاوُن۔
اَدارنگ :۔ اے دانا وُزیر! پنٛزی کِنہٕ پرزِ ناوِتھ ژِسٔے۔
سَدارنگ :۔ ووہٕ کیٛاہ چارٕ چھُ یوٚز وَنہٕ لُس۔
اَدارنگ :۔ اَسی نہٕ چھُ کتھایہ واُلۍ گنڈن کٔرۍ۔ بہٕ ادارنگ تہٕ یہِ۔
سَدارنگ :۔ سَدارنگ۔
دانا وزیر :۔ یہٕ تیپسی رکھ کیٛا زِ چھُو لوگمُت؟
اَدارنگ :۔ توہہِ نِش واتنہٕ موٚکھ۔

دانا وُزیر:۔ کارُن ؟

سدارنگ:۔ اکھ راز زانُن۔

دانا وُزیر:۔ کُس راز ؟

ادارنگ:۔ ژٕ وُنُس۔

سُدارنگ:۔ نہ ژٕے وُنُس۔

دانا وُزیر:۔ وَنان کو نہٕ چھو ؟

اُدارنگ:۔ اَسہِ چھُ پٔژ ژُھن۔

دانا وزیر:۔ کیا ؟

سُدارنگ:۔ راز وِکرم چھا برابر کاڈلو کِنہٕ باور گوٗمُت ؟

دانا وُزیر:۔ (غوصس) کیٛاہ ؟

ادارنگ:۔ ماہرا کھیما کرُو۔ اَسہِ توٗگ نہٕ وَنُن۔

سُدارنگ:۔ آ۔ ماہرا کھیما کرُو۔ شاید توٗگ نہٕ وَنُن۔

اُدارنگ:۔ دَراصل چھیٚنے کتھ زِ رازَس اوٗسں پَنُن نوکر سنجے داس سوہ گواس گومُت تہٕ پتہٕ وٗنیت اَسہِ تمِس داسہ۔ اَماپوٗز۔

دانا وُزیر:۔ کیٛاہ اَماپوٗز۔

سُدارنگ:۔ راز اوٗس اولہٕ دولہٕ بولان۔

دانا وُزیر:۔ (باہمبران) کیٛاہ۔ کیٛاہ اوس وَنان۔ کیا اوس وَنان ؟

اُدارنگ:۔ پیٚمے باوِرِ کتھ ہِشہٕ۔

دانا وُزیر:۔ توہہ کیتھہ کِنہ توٗرو فکر ؟

سَدارنگ :۔ تِہ اوس گرا وَنانِ پانَس میثون راز تہٕ گرامیثون نوکر سنجے داس۔

اَدارنگ :۔ اُسی گیہ اَوے شٕنکایہ زِ رازٕ ماچھ بادرٕ گومُت۔

سَدارنگ :۔ سنجے داس اوس تمَن ٹوٹھ نوکر۔

اَدارنگ :۔ تمی اِسندِ مرنُک اوس تمَن سیٹھا صدمہ۔

داناؤزیر :۔ سنجے داسُن شوکُ زدل۔

سَدارنگ تہٕ اَدارنگ :۔ ماہرا! اَسہِ تہٕ راژن۔

داناؤزیر :۔ مہاراج وِکرمن چھُنہٕ اَزتام کانٛسہِ داہ دیُتمُت۔

اَدارنگ :۔ ماہرا اَسہِ سود تمَن۔

داناؤزیر :۔ تہٕ تِمہٕ ہہِ آوٕ ماوضہٕ دِنہٕ۔

سَدارنگ :۔ آہَن مارا۔ یہ داٗج۔

داناؤزیر :۔ رازٕ وِکرم اِسنز سعٕ نہٕ سِنٛز موہَر۔ رازٕ موہَر۔ یِہ سٕ نہٕ تُسہٕ کانٛسہِ
تہٕ دِیہ۔ یِہسے آیا تِمہٕ ہہِ ماوضہٕ رُنگر دِنہٕ۔ آسٕنُر چھُہ۔ یہ داٗج دِلو لوٗری۔
یہ چھِہ راز موہَر۔

اَدارنگ :۔ یہ چھا رازٕ موہَر!

سَدارنگ :۔ ماہرا! رُزِ۔ نٮٟتےٚ دِچھ کانٛسہِ ژوٗرِ ہانٛزٕ رِین رُٹھتھ۔

داناؤزیر :۔ دِلو لوٗری۔ تِمہٕ ہہِ یِیہِ اَمہِ بدلہٕ بلیٚہ کینٛہہٕ بخشنہٕ۔

سَدارنگ :۔ پتَھ ماہرا تھہِنز یژھا آسہِ۔

داناؤزیر :۔ سنجے داسنِ مرنُک کارُن ما چھُوپتاہ۔

سَدارنگ :۔ اَسہِ یمرٕ ژھ راژس تہٕ تمی وَوٗن زِ اَکِس طوطس آو شکاری تُشد

تیپر تہٕ شُہ ہوٚد۔

داناوٗزیر:۔ اَکِس طوطس آو شِکارِی سُند تیپر تہٕ شُہ ہوٚد۔ طوطہٕ۔ طوطہٕ۔

سُدارنگ:۔ دوٚیمِس طوطس گیہٕ جورِ جُدا آے یہ تہٕ سینجے داسَن بہداش کوٚر۔

آدارنگ:۔ تہٕ تسَن گوٚ صدمہٕ تہٕ تمہٕ تراوی پران۔

داناوٗزیر:۔ ہُنہٕ! سینجے داسَس اوس تہٕ لوٚت آوٗژ دِل۔ اَڈ کایُر۔ مالہٕ چُھ شَک آدر۔ طوطہٕ روٚپ۔

سُدارنگ:۔ ماہرا آسہٕ چھُو کینہہ پرژھان۔

داناوٗزیر:۔ تہٕ تہٕ۔ بہٕ گوس ذرا غوطن۔ ژہ ہیوٚہ ڈیشتھ۔ طوطہٕ!

آدارنگ:۔ اَسہٕ ماہرا چھا دوٚنہہ نیرنک اجازت۔

داناوٗزیر:۔ ہرگز تہٕ تہٕ دوٚشوے رُوزِو میاَنہٕ پژھ توٚتام' یوٚتام تہٕ توٚہہ کانہہ کام پیہ سا شپنہٕ۔ ہے ڈیڈی وان۔

ڈیڈی وان:۔ آگنیا ماہرا۔

داناوٗزیر:۔ یم دوشوَے تہٕ چھِ میانہٕ پژھ۔ یم گژھن تہٕ میانہٕ اجازتہٕ ورأے ییتہٕ نیرِنہٕ۔ یمَن گژھہ یتہٕ سان خاطر داری کرنہٕ۔ (آدارنگ تہٕ سُدا رنگس کُن) تہنٛد گژھہ تہٕ یمَن رکھ بدلاوُن۔ تہنٛد لوٚرپنک وجہ تہٕ گژھہ تہٕ کانسہٕ ننُن۔

آدارنگ:۔ ییتھ ماہرا اَسہٕ حکم آسہٕ۔ نمسکار۔

سدارنگ:۔ نمسکار۔

داناوٗزیر:۔ نمسکار۔

پَرد ہیتھ زٕژٕڈ ووٕنٕ سٹیجس زٕ حصہٕ کٔران ۔ دانا وٗزیر یوان
پلنگس کُن ژٕنتہٕ شوٕ نگنہٕ ۔ داڑ داڑلتس پیٹھ گاش سٕنوتان )

اَدارنگ :۔ سَدارنگو !

سَدارنگ :۔ وَنو بابا اَدارنگو !!

اَدارنگ :۔ اُسی ما آیہٕ ہلنہٕ ۔؟

سَدارنگ :۔ بَدرنگس ۔ ییٚنتہٕ چھا سأری نٔسرے ہتی کٔنہٕ کاشہ ۔ چھُ ہُشار ۔
کَرتہٕ راژٕ گرس مشنز آرام ۔ ژٕکہٕ تلہٕ باندی وان ۔ بَتہٕ کھین چَن دُفو ۔

اَدارنگ :۔ خبر کُنھ کارس لاگن ۔

سَدارنگ :۔ پُشر دِلیس ۔

اَدارنگ :۔ وَنیوٕ نے نا یور یمو نہٕ ۔

سَدارنگ :۔ اَسہٕ تہٕ کیاہ ۔ وُچھو کیاہ سَپدِ ۔ تامتھ اَسناوتہٕ راژٕ گرُک
مَس گڈا ژٕنتہٕ چیتھ یُتھ صُبحی نیٚندرٕ ژٕ کھسہٕ ۔

اَدارنگ :۔ واہ ! واہ !! ہے داسو ۔ نوکرو بوٗزو ۔
( کورسہٕ منٛز نوکر یوان ڈٲلۍ ڈٲلۍ بروٚنٛہ کُن ۔

سَدارنگ :۔ تُہہ چھُ دانا وٗزیرن حکمُ دیتمُت ۔

اَدارنگ :۔ اَسہٕ خاطر داری کرِ ژٕ ۔
( کورس کران کلہٕ سٕتی آنکار )

سَدارنگ :۔ اَدارنگس سَدارنگس ۔

ادارنگ :۔ مَس موٚدُر چاوٕ وُنا ؟

(داسں زَنتہٕ تِمَن کھاسی پکھوان ہٕرِوتھہٕ کنٛہ تہٕ پیٚتہٕ گڈِو مَنٛز مَس پھِران)۔

سَدارنگ:۔ (زنتہٕ مَس ہیتھ) یَتھ رازٕ گرٕس سوٗن بہٕ جرُس۔

اَدارنگ:۔ اَس موٚدراوِنا۔

سَدارنگ:۔ (زَنتہٕ نشَس مَنٛز) پٔرٕھو پوٚزا اَبٕھ چھینے پوٚزا۔

اَدارنگ:۔ اَسہِ چھو راوِونا۔

دوشوے:۔ داہ! داہ!! داہ!!!

وارٕ وارٕ گاشِس سوٗتان تہٕ سورُے کورَس یوان سٹیجس کُنُن یوان گیوان تہٕ نژان موٗسیقار تہٕ تِمَن سیٖتی گیوان)

کورس

| | |
|---|---|
| اَسی ہیٚے مبارکس آے | لاٗ لاٗ راز بایاے |
| شادٕ مبارکس آے | لاٗ لاٗ راز بایاے |
| رازٕ دِکرَم والپس اوے | زَنتہٕ ماجہِ نوٗوُے زوے |
| سواگتس ساری دزاییے | لاٗ لاٗ راز بایاے |
| تِرِبَل ہیتھ والپس اوے | جولین برتَے ڈالییے |
| باگر باگر باگر ماے | لاٗ لاٗ راز بایاے |
| دتے بَل ہیتھ والپس اوے | برنین دُکھی ترٛاو تاریے |
| حاجتھ مَندرن کاسی نیٚیے | لاٗ لاٗ راز بایاے |

اگولس تہ نژلس سیتی گاش سوتان تہ پتہ وار وار بنیہ نیران۔ سوڑسے کورس تھر کرِتھ لوکن کُن ہیتور سیتجس پیٹھ۔ اڈی ووڈنی تہ اڈی بہتھ زنتہ اکہ جوٗلو ٹسک انتظار کران کورسہ تہ نبہ پنجہ (۲۷) مُنزی راد سِٹنر یاترا اکہ وِنگہ مُنزی اُژان تہ بلیہ وِنگہ مُنزی نیران۔ وزیما مال۔ داسہ لچہ، ژوژنہ، ادا رنگ، سارنگ بینزہ تہ کورسس سیتی یاترایہ پوش چھکان۔ داناوزیر رازس برونٹھہ برونٹھہ)

کورس:۔

| | |
|---|---|
| پرزا پالک سروِ آدھیکار! | رازس اُرن جے جے کار |
| رازس اُرن جے جے کار | رازس اُرن جے جے کار |

(ژری نَمد طبلہ ترنگ تہ کورسہ چلیہ سیتی جے جے کار سوتان تہ یاترا ساپُرے نیران۔ گاشس سوتان پتہ وار وار بلیہ لوان۔ مہارانی آسان زنتہ آدی قد اُلس برونٹھہ کنہ۔ کنیٹھہ ژوژنہ ڈیڈی وان بنتھ تہ امی وِزِ اکھ داسی یوان)

داسی:۔ مہاج ماتا! راج ماتا۔ ساٗنی راز وِکرم آیہ بازدانہ والپس۔

مہارانی:۔ اچھا! تم چھا وارسے۔ ٹھیک چھا؟ خوش چھا؟

داسی:۔ بلکل ٹھیک! بلکل تیٹزوان تہ اسان۔

(داسی زنتہ تھزرِ پیٹھ لوِن کوٗ نظر دوان)

مہارانی :۔ ژم ژایا راز مندورِ کینہ ڈُنہ چھہ . . . . .
داسی بوہن کُن نظر دِوان)
داسی :۔ ژم چھہ لوری۔ زنتہ برژ ژہہ کُن پکان۔ تیز تیز قدم ژاوان۔
مہارانی :۔ (سیٹھا خوش گژھتھ) آ ــ ہ ! سأنی ! توہہ چھہ یاد زِ تہ آسہ ژاران
پژرتھ دُری یہ بیٹھ ژم تیہ وِنہ پیٹھ چھہ پوان ژم چھہ گوڈ مئے نش پوان۔
اڑہ ــــ میون کوتاہ لول چھہ ژمن۔ کوتاہ سٔرینہہ۔
داسی :۔ راج ماتا ! راج ماتا !!
مہارانی :۔ وَن۔ وَن داسی۔ ژٔے کیاز کرُتھ ژھوہ پہہ ؟
داسی :۔ (دوہ داسی) راج ماتا ! راز کھپیرکِ رنگہ محل آنتہ پرکہ بُرہ پیٹھہ پوت
کھوری واپس۔
مہارانی :۔ (دوہ ٹھہ گٔڈتھ) ہاں ! کیاز۔ (ژرکھ سان) ٹھیک چھہ دانا وُزیرا
ژِ ما چھکھ کانہہ چال گندان۔ کانہہ سأزِش۔
داسی :۔ راج ماتا ! یہ کیا چھو وَنان۔
مہارانی :۔ ٹھیک چھس وَنان۔ تہ کرہ تہ تسنز کتھ پیٹھ پژھہ۔ تہ کنتہ کٔنی زرہ
کوتاہ صبر کرہ۔ سأنی پن مئے نِش تہ تہ روزِ ژمن نِش دُور۔
داسی :۔ راج ماتا ! دانا وُزیر اوس نہ ژمن ستی۔
مہارانی :۔ اَدِ کیازِ گیہ ژم میانہ برہ پیٹھ واپس۔
داسی :۔ ژم آیہ بڈِ شوقہ سان برس تام۔ برس پیٹھ وأتتھ کھہرے پیہ۔
ہنا کو ژکھ سوچ۔ پتہ کھپیرک لوت تہ دِژایہ۔

مہارانی :- سیتی کُس اوسکھ ؟

داسی :- تم اُسی آنگن بَرس پیٹھ کُنز تہ کیول۔

مہارانی :- واپس کوت دژاییہ۔

داسی :- شاید راز دربارکُن۔

مہارانی :- داسی ! ژ ژیے وُچھتھکھ راز ؟

داسی :- پنہ نبو اُچھو سیتی۔

مہارانی :- پرزناوی تھکھ ؟

داسی :- راج ماتا ! اتھی کیازِ چھو پرژھان۔ بہ پرزناون نا گکھ پالکھ سامی وِکرم۔

مہارانی :- ٹھیک چھُو۔ داسی یو کرُو سکھر۔ بہ تہ گژھہ دربار ژوٗرِ پاٹھی۔ بتہ کرہ تہنْد درشن ذالی پنجرو منزی ٹکو۔

(گاش سوہ تان۔ سورے کورس۔ موسیقار و سوائے بون سٹیجس تہ ہیوٗر سٹیجس یوان وہرادنہ۔ اُڈی ڈیڈی وان۔ چھتر داری۔ داوجہ دارِی تہ اُڈی وُدپر بیتر بنان۔ ساری رازس بجے کار کران۔ گاش وار وار یوان تہ راز تہ دانا وزیر اندر اژان۔ تہ ژوہ نہ اکھ پرد ہیتھ بیٹھہ ونگہ منزی اژان تہ سٹیجس دوہن حصن منز تقسیم کران۔ مہارانی اژان تہ پردس دوٗیمہ طرفہ بیہان چوکہ پٹھ۔ راز بیہان تختس برونہہ کنہ چوکہ پیٹھ۔

راز :- دانا وزیر! اسی آیہ تیہ دنہ پیٹھ واپس۔ ووذی ستو اسی
راجس کاجس۔

دانا وزیر:- مہاراج! اتھنز پرژھا!

راز :- پوز گو ژ سینچ داسنہ مرنہ دوت اسہ۔ اسہ یلنس مئے سیٹھا صدمہ۔

دانا وزیر:- مہاراج سُہ اوس تہند وفادار نوکر تہ بایژھ اوس۔

راز :- بہ چھس سُہ مشراون یژھان۔ خار تر آدو یہ کتھ۔ راج کاج چھا
ٹھیک پکان۔

دانا وزیر:- مہاراج۔ تُہی تھاوِو راج سنگھاسنس پیٹھ تشریف یتھ زن
بُتہ کرِ راج کامُک حال بیان۔

(راز چوکہ پیٹھ تھوو ووتھان تہ پتہ سنگھاسنس پیٹھ بیہان)

راز :- آ۔ ٹھیک چھُ۔ وُچھ اسی گیہ یانے بہ گوس راز محل دا تتھ تیوت خوش
زِمئے آو نہ پتہ دریتھ ژ بہ بیوٹھُس سنگھاسنس پیٹھ کینہ یتھ
چوکہ پیٹھ بیتھ راز یاد چھ تھاوان۔

مہارانی:- داسی! اتا جُب چھ رازس منز چھا بیتھ تبدیلی آمژ۔ کموکیاہ
کوّر یہ! ہم کتھ بیٹھ! یاد چوکہ پیٹھ!!! داسی رازس ماچھ منز پھلار ژومت

داسی:- نہ ماتا! گرِ واپس یتہ چھ خوشی منز چھ یم شاید زیادے
وو لسنس آمت۔

داناؤزیر :۔ راز چھو تُہہ تہہ تہی چھوٗ پادٕ چوکہ پیٹھ پاد کھوان۔

راز :۔ آ۔ آ۔ بٔ چھُس کھوان۔ ڈن رازِ وکرم سِنٛز مشہوری چھا بحال۔
کانٛہہ بٔنے اِنصافی ماسپدان کُنہ تہ طرفہٕ۔

داناؤزیر :۔ راژن۔ تہنٛدِس راز کالس منٛز ہیکہ نہٕ انیاے سپدتھ۔

مہارانی :۔ داسی ! اسٲمی کوٚنہٕ میانٛی کانٛہہ کُنہ کران۔

داسی :۔ فلوٚر رٲز کرن۔۔ یمَن آسہٕ تہٕنزٕ ے کل۔ سنتوش تھاوِو۔

داناؤزیر :۔ مہاراج ! یہ ترکش تہ تلوار دِیو یوٚرٕ۔ نیا یہ کس سنگھاسنس
پیٹھ بِہتھ چھُنہٕ یہ شوبان۔

راز :۔ اچھا ! ہو۔ ہو۔ اَسہ گوٚ مُشتقھے یہ ژٕ ے حوالہ کرُن۔ ژٕ ٹو یہ تلوار،
ترکش تہٕ کمان۔ ژٕ ٹو۔

مہارانی :۔ ہئے ہئے۔ دِکرم گیاژِ یہ کران۔ داسی ! یمن ماچھنے سنگھاسنس
پیٹھ بِہنیچ رلوائیتھ مُشتھ گٲمژٕ۔

داسی :۔ راج ماتا ! تہہ مہ بامبرِو۔ یہ چھنے شاید تھکاوٹ۔ اَخر آیہ ییم
رٔٹنی والیس۔

( داناؤزیر کران ژٕرتہ اکھ ؤزیر سنفالہ کیتھ راز سُند
تاج ہیتھ اُژان )

داناؤزیر :۔ راژن ! تہنٛزِ غار حاضری منٛز چھُ تُہنٛد یہ تاج کران راج۔

تھٕی آو تیٚہ وَنہٕ پلیٹھ تہٕ سیٹوٕ دُسے آو دربار۔ تۄہہ ادس گوڈٕ یہٕ تاج دِیُن کلَس (یِکہٕ تھوٚد ؤتھنہٕ تاج تُلان جَل جَل تہٕ دِوان کلَس پیٹھہٕ بٔیھان سیٹھاہ خوش گٔژھتھ تختَس پیٹھ) آ۔ آ۔ ڈُلو۔

دانا وزیر:۔ کیا؟

راز:۔ کینٛہہ تہٕ۔

دانا وزیر:۔ اَز کنہٕ پیٹھ چھٹراو تۄہہ راز مُریادا؟ کوٚلہٕ مُریادا؟

راز:۔ کوٚسہ مریادا؟

دانا وزیر:۔ راز وِکرم چھُ دُرلیَس مَنٛز شٔنٛتے رٔتھ تیٚہ وَلَس مَنٛز گُذاران تہٕ اَز کنہٕ آوسہ یہٕ مُریادا چھٹرِتھ رٔیتی دالیَس۔

راز:۔ راز وِکرم! وِکر۔ رَم۔ مریادا۔ مُریادا۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔ اَسہٕ پھیوٚر سیٹھا (زُنتہٕ وَدنٕچ کوٗشش کران) راز وِکرمَس پھیوٚر سیٹھا۔ صَدمہٕ تُسجنے داسَن دِیُت اَسہٕ چھوہ کَر۔ اَسہٕ بَدلوو اِرادٕ۔ راز وِکرمَن بَدلوو اِرادٕ تہٕ اَسی آیہٕ تیٚہ وَنہٕ پیٹھ دالیَس۔ والیَس۔

مہارانی:۔ دأسی! یِم کرِتھ کِتھہٕ۔ رازَس مَنٛز کیاز آیہٕ یِنٛز تبدیلی۔ مٔے چھُ پھیوٚر وُتھی ڈُکھی گژھان۔

دأسی:۔ مانا۔ تٔہی چھُو بلی دَسواسس ہِلوان۔ راز چھُ ٹھیک پأٹھی۔

مہارانی:۔ شٔینٛیہ شٔینٛیہ رٔیتی گَر دالیَس پیٹھ وِزٕ اَسی تہٕ تِتھی آسان۔

داناؤزیر :- راژن ! ماژنو نا بیثون ۔ تہِ کرِو وُٹس کُن چکرُ ۔ تتہِ چھ سرُس
مَنز رِتی رِتی پمپوش پھلِی متی ۔

راژ :- واہ ! واہ ! تمِ چھا پھلِی متی ۔ تمِ اوسہ سکھ یہ ژُڈی ژُٹی انان ۔

داناؤزیر :- راژن ! تمِ اوس تہنْد داس بنے داسس ژٹان ۔

راژ :- آ ۔ آ ۔ میانہِ حُکمہِ ۔

داناؤزیر :- راژن ! تو ہہ چھ تمِ سیٹھا ٹاٹھ ۔

مہارانی :- داسی ! یہ کیا ! سُے راژ ۔ سُے شریر ۔ تمے اُچھ سُے بُھوہ لہ دُن ڈیکہ ۔
سُے اَنہار ۔ مگر کیتھہ بدلے ۔ یمَن کوہ یاد زِ ازکُس رتھ چھُ ۔ تمِ کتہِ گیہِ
سَرس مَنز پمپوش ۔

داسی :- راج ماتا ۔ پکو یہہ لس رنگہ محلس کُن ۔ توہہ چھہ زُد ٹھیک ۔ تہِ
چھو بلی وہمہ ہوان ۔ پکو آرام کرِو ۔

مہارانی :- داسی ! پکھ ۔ داناؤزیرن شکھ ہنْوتُن میٹہِ گنُن ۔

راژ :- داناؤزیر ! پکھ اسی نیرو راژون کُن ۔ باغ چھاونہِ ، سَرس
مَنز وُچھوکھ پمپوش ۔

داناؤزیر :- پکو راژن ۔ پکو ۔

( راژ ۔ داناؤزیر تہ باقے عملہ راژس پتہ پتہ نیران )

مہارانی :- بے گے سکھ مُشتھ ۔ میانی ناکانہ کتھاہ !

دأسی :۔ ماتا۔ پکو۔ پکو۔

(گاش سوتان تہٕ ساری نیران ۔ نبہٕ نچہٕ پیٹھہٕ گاش۔ راز تہٕ داناوٗزیر اکہٕ ونگرٕ اژان تہٕ بیٚیہٕ ونگہٕ نیران۔ کورِسس بیٚیہٕ اژان تہٕ پلنہٕ جایہٕ رٹان ہیٚور سیٚڈبیس۔ ژونژ تہٕ دأسی یہٕ رنگہٕ نحلہٕ چہٕ کامہٕ کوچہ کران۔ مہارأنی چھیٚ پلنگس پیٹھ بیہتھ۔ اکھ ژونژ چھس کلس کیٚش دوان ــــ باقے ڈیٚڈری وأنی تہٕ وادجہٕ واو کران بیتر۔ گاش ولہٕ وارٕ لوان)۔

دأسی :۔ راج ماتا! داناوٗزیر چھہٕ یژھان توہہ ژشش یُن۔

مہارأنی :۔ اچھا یِزتہٕ سان اکھ لوٗری۔

داناوٗزیر :۔ راز وکرم ستھ پراکرم پدٕشن انہٕ دنہٕ۔ دأسی! تہہ ہیٚکونپر تھ۔

(دأسی یہٕ تہٕ ژونژ نیران۔ کورس تھر کرِتھ لکُن گُن)

مہارأنی :۔ اے داناوٗزیر! وَن راز کتہٕ چھہٕ، کنٹھ چھہٕ؟

داناوٗزیر :۔ ماتا! راز چھہٕ سیٚٹھا خوشس تہٕ توشان۔ مگر بہٕ چھس دھرمہٕ سنگٹس منز آمت ہیٚنہٕ۔

مہارأنی :۔ کارن؟

داناوٗزیر :۔ راز چھُنہٕ سُے راز وکرم۔ ادٕے چھُم نہٕ مَن پڑان زِ سہٕ مانُن

پَنٕز پوٗرٕن راز۔

مہارانی:۔ ژےٚ کیاہ ونان؟

داناوزیر:۔ ماتا! شرٛیر تہٕ اُنہارٕ کنی رازٕ وِکرم تہٕ دلوہارٕ، کتھِ باتھِ تہٕ اَتوارو کنی وِدہ لاسی۔ اوٚپ۔ داسہٕ کٔژہٕ پہٕ گرٕن وول۔

مہارانی:۔ اے وزیر! چانی پژژ چھیٚنہٕ مےٚ فِکرِ تراوان۔ مےٚ چھےٚ زٕن وٲلنج راوان۔

داناوزیر:۔ ماتا! تُہی تھٲوِو ہمت تہٕ سنتوش۔ مےٚ چھُ بیٚیہٕ کینٛہہ تہٕ وَنُن۔ اَما پوز وَنتھ چھُس نہٕ ہیکان۔

مہارانی:۔ وَن کیاہ چھےٚ وَنُن۔

داناوزیر:۔ ماتا! مےٚ وَنیوو رازَس زِ پوشہِ دارِ کُن تیرُن تہٕ سَرَس مَنٛز وِچھِن پھُلی مِتی پمپوش۔

مہارانی:۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ رازَس رُوٗدُ نہٕ یاد زِ اَزکُس رتھ چھُ۔ تِم کتہِ گیہِ اَزکل پمپوش۔ تہٕ آسَس پانہٕ زٲلی پنجرٕ کنی وُچھان۔ اَوےٚ چھےٚ ژٕ بیٚیہٕ شکہ تہٕ شنٛکا گنان۔

داناوزیر:۔ آ۔ ماتا۔ بیٚیہٕ بیٚیلِ پوشہِ دارِ ہنٛدِس سَرَس کُن وٲتی۔ رازکماری آسہِ شرٛان کران۔

مہارانی:۔ اَدٕ!

داناوزیر:- رازٕس رۆد نہٕ پانس تام۔ تمہِ گیہ تَس نکھہٕ سٔرِس کُن۔ تَس
تہٕ تَسنٕزٕن وَلِسَن لۆگ ٹھُلہِ ٹھُلہِ وُچھنہٕ۔

مہارانی:- یہِ کوٚسہٕ کتھ چھیےٚ۔ مول وُچھِ ناپنہٕ کور۔۔۔۔

داناوزیر:- ماتا! وُچھنَس تہٕ وُچھنَس چُھنا فرق آسان۔

مہارانی:- (دپنا تیزی سان) تُہٕ ــــ وَنُن کیا چُھکھ یژھان۔

داناوزیر:- ماتا! تمہِ آسی اَکِس عاشق سُندی پاٹھی سارِنےٚ سوندرٕن کُن
وُچھان تہٕ کرلیشان۔ وُٹھ چھپشان۔ اکھ مول کرِ داریا ہراسہٕ جوان کورِ
کُن وُچھنس۔ یلِہ کتہٕ وُچھ سہٕ جوان کورِ ہِنٛز نٔزٕ تٔن۔

مہارانی:- (بکھٹان) پتہٕ۔

داناوزیر:- پتہٕ ماتا۔ نی میٚے تمہِ گوٚلاپ چمنَس کُن یہِ ڈیٚزٕ زورٕ نٔرِ گلوتھ۔

مہارانی:- تُہٕ چُھکھ پوٚز وَنان۔ یم چھِنہٕ دِکرم سُندی اطوار۔ یم چھِنہٕ تمی ہندی اطوار۔

داناوزیر:- ماتا ہنا کتھا اَدِ وُنَس منٛز شانتی تہٕ بوٚزِو۔ یوٚدوے میٚے کینٛہہ
خطا آسہِ تہٕ تراوِ وۆنی وُزیری تہٕ نیرٕ جنٛگل مگر رازٕ دِکرم سُند یژھتھ تہٕ
مان تراوِ نہٕ یتھر۔

مہارانی:- پتہٕ۔

داناوزیر:- راجکماری بیٚلہِ سٔرِ منٛز کھۄژ سوہ آیہِ یکہٕ رازٕس نِش۔ سوہ چھیےٚ
مٔرٕچھ تمہِ کرٕ رازٕس نمسکار تہٕ جےٚ جےٚ کار۔ پتہٕ کٔژ سوہ کران اُس۔ مگر۔

مہارانی: مگر کیا؟

داناوُزیر: راژن بوٗر تہٕ تس لول تیتھہٕ کنۍ یتھہٕ کنۍ سُہ تس بڑوٗشہہ بران اوس۔

مہارانی: یہِ شر کیا تبدیلی۔

داناوُزیر: ماتا! سُہ بیوٗٹھہٕ تس مستس گنڈنہٕ۔ کنن گنڈنہٕ، شانن گنڈنہٕ، نوزکھ اکھن تہٕ اتہٕ نگن گنڈنہٕ۔

مہارانی: پنُن مول ہیکہٕ نا پننس شرس۔۔۔۔۔

داناوُزیر: اکھ مول چھُنہٕ جوان کورِ ستی یژھہ گنڈہٕ باشہٕ کران۔

مہارانی: داناوُزیر! ژےٚ چھیہِ خبر ژٕ کیا چھُکھ وَنان۔

داناوُزیر: ماتا! پی وُچھم تی چھُس باوان۔

مہارانی: کیا؟

داناوُزیر: راژٕ سُندٕ پننہِ کورِ، راژٕ کمارٕ مالہِ سُندی پاٹھی تہٕ ٹلیکہٕ عاشق سُندی پاٹھی وُچھُن تہٕ کژیشان روزُن۔

مہارانی: وُزیر! ژھوپہ کر۔ وۄنی کر ژھوپہ۔ اکھ ماج ہیکہٕ نہٕ یہ ہرگز بوزِتھ تہٕ وُچھتھ۔

داناوُزیر: راژٕ کمارٕ ہنزن ولسن بیوٗٹھ کنہٕ دوٗرن، ہٹہٕ پھلین تہٕ وانگن گنڈنہٕ۔ پنہٕ ماژٕ وِکرم سُندس ژر بتھرس منز وُچھنہٕ چھُ۔

مہارانی: (جبر یتھ) اوٗ ہو! کوتاہ جبر کرہٕ۔ ژٕ وَن اَسہِ کیا پزِ کرُن۔

داناوزیر: ماتا۔ بہ ہیکہ مشورٕ دتھ۔ مگر کرٕو تہی تہٕ؟

مہارانی:۔ وَن ییٚن لول تہٕ کول رٕچھنہٕ باپتھ کرٕ بہٕ زُو تام فدا۔

داناوزیر: ماتا۔! رازٕ ین توہہ لش تہٕ توہہ پنٕز تمن لش۔ دوٗر روزن۔

ہراسہٕ کرٕن۔ اکس رنٕس فاقہٕ تہٕ ماس دٕرنگ بہانہٕ کرٕن۔

مہارانی:۔ اکنن تھپٕو دتھ، اد۔ کوتاہ مشکل، کوتاہ کٹھن۔ میانہٕ دیہ پہ

کس امتحان چھکھ کران۔ وزیر چانہٕ پزٕر چھُم نہٕ فکرٕ تران۔ داناوزیر!

وَنن منز چھنے الایہ بلایہ روزان۔ رازس ما چھُم نظر لجٕمژ ژھاے؟

داناوزیر: ماتا تتہٕ ہیکہٕ اسِتھ۔

مہارانی:۔ ژٕ ہیکھ نا کانہہ پایا ووہ پایا کرِتھ۔

داناوزیر:۔ توٗے ماتا چھُس اکہٕ رٕتچ موہلتھ منگان۔ تُہہ تہٕ کرٕوشتوش۔

وچھو پزٕر نیٚزرادٕو۔ سورٕے اتزرادو۔ سورٕے زگ تہٕ پژدن کڈِ

نوٚن۔ تیٚلہٕ ییٚلہٕ تُہہ کرٕو سہایتا۔

مہارانی:۔ مشکل اکوتاہ کڑوٗٹھ۔ کوسہٕ سازِ ستی آیہ۔

داناوزیر:۔ رازٕ وکرم سنز مہارانی امبیکا دلہٕ یہ پئیہٕ یہ کڈوٗٹھ تہٕ

مشکل وبتراوٗن۔

مہارانی:۔ ٹھیک چھُہ! بہٕ بنہٕ دلہٕ دٕر۔ بہٕ دٕر پوٗر اکھ ماس۔ رازس تش

تہٕ روزٕ دوٗر۔ مگر یہ وُنو توہہ کیا تبدیلی چھنے رازس منز دیٚتھ

یوان۔

دانا وزیر:۔ مٹے کوٗر گوڈے عرض زِ راژُسنٛد اَنہار چھُ سٔے مگر سنسکار چھِنہٕ راژٕسنٛدی۔ کیٚنہہ پھری نِھے۔ گاٹہٕ کَم۔ ذریشٹی بدل۔ ضوٗر روٗر چھُ تیٚہٕ وُلس منٛز کانٛہہ اُتر سُپدمُت۔ یا کانٛہہ دِہی۔ لیُس نوٗن گرژھہ نیٖرن۔

(داسی اَژان ہکہٕ اَندر)

داسی:۔ راج ماتا! مہاراج وِکرم چھ یوٗری تشریف اَنان۔

مہارانی:۔ اچھا! تِمن کٔرِو آدر تہٕ ستکار۔

(داسی یوٗت پھیران تہٕ پتہٕ راژس اَندر اَنان)

داسی:۔ راژٕ وِکرمس آسن جے جے کار

(راژٕ اَژان)

دانا وزیر:۔ راژس آسن سون نمسکار۔

مہارانی:۔ یادِ پژ نام۔

راژٕ:۔ راج . . . . مہارانی (بژوٗنہہ کُن ییتھ) مٔے روٗزِ شیٚٔ زِ تِہی کرو تُرِ آلوِ تھہ سون یانے راژٕ وِکرم سنٛد سُواگت۔

مہارانی:۔ راژٕ وِکرمس آسن جے جے کار۔ مہاراج۔ مٔے چھُ اُزی کہٕ پیٚٹھ برہمن ہنٛدِ دَنہٕ راژٕ گرگہٕ کلیاتہٕ موکھ پوٗر اَکھ ماس وَرت دَرنک فاصلہٕ کوٗر مُت۔

راژٕ :۔ ماس ڈرنک فاصلہ! کارن ؟

داناوزیر :۔ راژن تھنڈی شرپرسوکھ تہٕ صیحتہٕ موکھ چھُ پمن پہٕ ماس ڈرن پیوان۔

راژٕ :۔ شرپر موکھ ! مگر اکھ ماس کیاژٕ؟ اکھ دوہ یا ریتس منز اکھ دوہ اوس ناسپھٹہاہ؟

مہارٲنی :۔ یہٕ چھ کولہٕ برہمنن ہنٛد دوٚپ۔ تہٕ یہ پنٛنہ پالُن۔

راژٕ :۔ ضرور۔ کولہٕ برہمنن ہنٛز یژھا گرٛدہ پوٗرٕ سپدنی۔

(دہیوان نیرن)

مہارٲنی :۔ (پتہٕ پتہٕ) وکرم! چاٲنٛ تپہٕ وَنٛچ یاترا کرٛدہ روز۔

راژٕ :۔ تپہٕ وَنٛچ یاترا۔ بڈٕ میٹھ۔ بلکل ٹھیک۔

مہارٲنی :۔ سنٛچے داسس کیاہ سپدُ؟

راژٕ :۔ کیاہ سپدُس۔ کیا سپدُس۔ صدمہٕ گوس تہٕ گوس وہ رگہٕ داس۔ راژن ڈیٛٹس پانہٕ داہ سے ڈیٛٹس داہ۔

مہارٲنی :۔ بچور سنٛچے داس۔

راژٕ :۔ کیاہ منٛے وننٛو کینٛہہ؟

داناوزیر :۔ نہٕ مہاراج۔ یمو کوٗرٕ بنٛدِس مرلس بیٹھ دوہ کھکہ اظہار۔

مہارٲنی :۔ (برٕ وٛنہہ کٕن گرٕسھتہ) وکرم! ژٕ نے کیاہ یہے کفر کھُرٕہش۔ برٕز رے چھا؟

رازِ:۔ کتہِ چھَم تھَرتھَر۔ بہٕ کیٛا کھوژان چھُس کانٛسہِ۔

داناوُزیر:۔ مئے چھا اِجازتھ نیرنک ماتا۔

مہارانی:۔ وِکرم! تہٕ کوتہٕ یِتھ آسنس پیٹھ بیٛہان۔ وُزیرتہٕ ہیٚکو نیٚبرِتھ۔ وَرت دَرتھ سامگری گژِھ سانِٛرے دانیٚن یوٗری۔

داناوُزیر:۔ ماتا! سورُے داتہٕ یوٗری۔ نمسکار!

(دٕیوان نیرن)

رازِ:۔ ٹھَہرِو بُتہٕ نیرِ توہی سیتی۔

مہارانی:۔ وِکرم! ییٚژ کیا جلدی۔

رازِ:۔ بیٚنِس ساتہٕ یمہ۔

(رازِ تہٕ دانا وُزیر نیران)

دأسی:۔ رازس آرِ تھَدِن پلے۔

مہارانی:۔ ییٚژ تبدیلی کِنہ آہنکار۔ وِکرم اوس تیٚپہ وَنہٕ پیٹھ لوان تہٕ ہکہٕ میٛشانس یِتھ رٕنگہٕ گُنٹھس مَنز لوان۔ نرِ آلوِتھ مئے کومہ رٹان۔ اَسہٕ وُنہٕ ہوہ نجہِ لول برہان تہٕ آلوکران۔ "اُمبھکا اُمبھکا" دُنٛی وُنٛی ماپہ موٚجبتک وَرشُن کران — تہٕ ار — از وون یِکوٚ مئے گوڈُ — راج — تہٕ پِیتہٕ مہارانی۔ میٛانہٕ دیہ پہ چھا وِکرم۔ میٛون وِکرم کِنہ بیٚنِہ کانہہ۔ میٛانہٕ دیہ وِکرمس ما چھُم ژِیتہٕ کھرم گومُت۔

اُمس ماچھُم پرٛون سوٗرے موٚکھمُت ۔ داناؤز پرُشند وُنُن ما
چھُ پوٚز ۔ یہِ ما وِکرم سندِس شرپُرس منٛز بٮ۪یہ کانٛہہ ۔ بٮ۪یہ کانٛہہ
راکھٕنِس، جن یا ڈائن ۔ والے ۔ منٛے کیاز ہیوٚتُن گیوٗرُن ۔ گیوٗر
یُن ۔ دأسی ۔ دأسی ۔ منٛے کرٕ کھچہ ۔

(مہارأنی پوان لاینہٕ دأسی ہنٛز کھوہٕ منٛز ۔ دوٚیمہ
ژونٛز تمِس سنٛبالان ۔ گاش وارٕ وارٕ سوٚتان ۔ پتہٕ سوٚت
سوٚت پھوان ۔ کوٗرس برٛونٛہہ سٹیجس پیٹھ سمان تہٕ گوان)

## کورس

سو نہٕ سیٚنز روٗسی کٹ، وقتک مار پیچ !
ژھلہٕ راوان تنٛبلاوان سیٚدین تہٕ سادن
کأنٛسہِ نہٕ اَنداز علس تہٕ ہوش
لوگہٕ درشٹی کرٕ ہژ لوٗگہٕ مایایہ موہچہ منٛز بنٛد
بزم بزم چوکن دیتمُت سارِنے بزم
کُس اَکھ چھُن تھوومُت درمہٕ کرمہٕ چہ وتہٕ
ژھوہ پہٕ گیہٕ سمیس ییٚلہٕ اَز ڈیشان
اَدل بَدل گژھان ریژن تہٕ رسمن

مۆلَن لگان دژاُتھ مُریادَن !

بَداخلاقی بَنان ناماوارٕ ہُشند تاج

مَرژٕ پپینہ ہشدی گنہ کران تم ساری

یِم یَژھان دِنی کھکیچہ اِقتِدارَس

سَمیہٕ کِس تھُدِس بَلَس راجہٕ بَلَس

اَوَے چھےٚ لجمژ مانہٕ مان دَوِ دَو

دَنہٕ دَولژ ہنز تنْدلہٕ تہٕ مُنزلہٕ کھارلَس آکاشَس

ہارِن طوطَن کاوَن رازٕ ہونزَن

گوٚمُت گنٔے ہشر تہٕ زاگرٕ بہتھ گرٕد

کالہٕ گژد جونٹہٕ دِتھ یُتھ بژرکہٕ سارنے

ٹاکارٕ ڈیشتھ ژھاے یِکھَن ہنز

ڈُمٹَس نہٕ گژھان ریوٚنز لوٚبہٕ متِین

موٚہہ متِین، مَدٕ متِین تہٕ اَہنکارِن

تہٕ شوٚد بوٚد مَنوش ساد مَنوش

نیٚشہٕ بوٚد منوش، پُزرِس لوٚر مَنوش

گاٹلی گیانی ، بنیہٕ زانَن واَلی

ژھیپہ دِتھ ژاہتی چلَن اَنْدَر

زٕلو ہوٚ چھمٕز شُشہٕ نارِن نہٕ دَم

کٔژکھ دِلَس سوٚمب نہٕ کانٛسہٕ شٹھ

تہٕ تَم یمَن مَژٕ ہ بَل ہتھیار تہٕ طاقتھ

دِل ہُشیٲری، تجرُبہٕ کٲری گوٚن وٲنی تہٕ درلیشٹی

پہ طوٗفان ڈٕلیشتھ لاگِتھ اُچھن پٹ

زٕنتہٕ بَنے ہتی سیکہٕ صحراوَن ہِنٛدی شُتُر مُرغ

سیکہٕ صحراوَن ہِنٛدی شُتُر مُرغ۔ سیکہٕ صحراوَن ہِنٛدی شُتُر مُرغ

(یوٚدوَے پیش کار ینیژٕ ہ شُہ ہیکہٕ ہیٚرٕ مہ کورسہٕ بَدل

پہ لیہٕ بَنٛد کورس گیو ناگوِتھ)

سوٗ نہٕ ہِنٛز رٕسی کٹ وَقتک مارپیچ

ژعلہٕ راوان سیوٚد سادٕ منوش

نَے چھُنہٕ کانٛسے حِس چھُنہٕ بلکُل

یوگہٕ دٕرشٹی یوگہٕ مایا پہ نَم تُل

بزم بزم چوکَن بزٕ بہٕ راوی ساری

دَمہٕ چہ کرمہٕ چہ وَتہٕ پیٹھ کُس اکھ

سَمیَس ژعدہٕ پہ گیہٕ چھشمَو ڈٕلیشتھ

ریٛژن زَسمَن ٹھوٗس چُھ لوٚگمُت
موٗلن ٹکہ مُرٕ یادَن لگہٕ وُن
بَدکأری سٕتھوٚو تاج کلَس پیٚٹھ

مَرژہٕ پلپنٕ ہٕنٛدی گَتھ دِن سأری
ہنگ دأری موٗ چھِ مَنزٕ کھاوان بَنٛد
راجہٕ بَلَس کوٗم زانٛہہ ما تٕراوَن
کُرسی ہُنٛد سٕریٚہہ اَنٛد وَنٛد چھاوَن

دَوٕ دَو ساأپرے کُرسی باپَتھ
دٕنہٕ دَولَتھ سَرتازٕ عَلامَتھ
بَجرِچ تھزرٕچ نیٚتھہٕ نُنٛی بادَتھ!

ہارِ ژٕربِن تُرُبِن کوٚستوٗربِن!
گگیٛڈ گأٹرٕ چھکہ زاگہٕ بہتھ گرٕدَ
جوٗنٛٹُس پٕراران توٚنٛتہٕ چُھ کھَشِ دِتھ
پانٛژ آلی کاوَس کُمرُ نٛد پَرواہ

لوٗبہٕ مَتین چھتہٕ ریٛنٛزری ڈَمَٹُس
مُہُر مُتو لوٗبُن مہُہ اَنٛد کارَن
شوٚدی نوٚدی سادہٕ تہٕ سیٛدی لُکھہ دَم پھُٹھی

## گاٹلی، گیتاؤ ژ پژہٕ کۍ عاشق

ژھیپہ ہیتھ لرِ دِتھ بیٹھی گوٚ پھَن مَنٛز
زلو ہوٚ چھپٕر شُشی ناٚرِ شٕروٗ کٔے مِتی
کرِکھ دِژ سوٚمب چھُنہٕ کاٚنٛسہِ تہٕ طاقتھ

اَتھ طوٗفانَس ییہِ گوٚ سوٗرے
تجرُبہٕ کاٚری پھیش چھُ لوٗگمُت
گوہٕ وانٕن چھُنہٕ کانٛہہ اَکھ مازان

گنٛڈ مژ پٹ چھٕنے اَچھن بلہٕ وانو
زَن ہُسی کوٚ کرِن ژھیپہ ہیٛژ ریکہٕ منٛز

(کورس وارٕ وارٕ چھکرا دِنہٕ یوان تہٕ پتہٕ والِس
یوان پنٕنہٕ جایہ روزان لوکن کُن نظر کرِتھ۔)

کورس:۔ تیلہِ کُس بنہٕ لکہٕ نایک تہٕ اَنہٕ انقلاب
کرِ لکہٕ سیوا تہٕ تامیر کرِ نوٚو خواب

(گاش سوٚتان، پتہٕ سوٚت سوٚت یوان بیٚنہٕ)

(دانا وُزیر ہکہٕ اَژان)

دانا وُزیر:۔ ڈیڈی وان! چرن داس ہے چرن داس!

(کورسس منٛز بنان دَر تہٕ ڈیڈی وان اَژان)

ڈیڈیروان:۔ مہرا ! داس چھ حاضِر۔ کرُو حکمُ ؟

داناوُزیر:۔ چرن داس ! تم میثاٗنی پڑھی۔ تیہِ وَنِکو زِ تیپسی سوزِکھ یوٗری۔

ڈیڈیروان:۔ بیٚہتر ماہرا ! وُنی سوزکھ۔

داناوُزیر:۔ میثاٗنی کاٗم ہیکَن صِرف یِم گِندَن گرِٗی اُنزراٗوِتھ۔ سورُے دوہ دِ تہٕ پوٗنی، زَگ تہٕ پژوٗن نیبرِ نوٗن مَنز دَریاٗرس۔ مگر پژِتھ کاٗنہہ قدَم تُلُن سوٗ چھتھ۔

(کورسہٕ مَنزٕ اژان اَدارنگ تہٕ سَدارنگ)

اَدارنگ تہٕ سدارنگ:۔ دانا وُزیرَس اَسِن

اَدارنگ:۔ اَدارنگُن

سدارنگ:۔ سَدارنگُن

دوشوِے:۔ نمسکار

داناوُزیر:۔ نمسکار۔ وُلو تھاوِو آسَن

اَدارنگ:۔ کرِو مہاراج داسَن حکمُ۔

داناوُزیر:۔ بوٗزِو ؟ تُہنٕدِ مَنزٕ چھیٚنے مےٚ اَکھ اَہَم تہٕ ذِمہٕ داری ہُنز کاٗم تھاوِنی۔ یہ کاٗم ہیکِو خاٗلِص تُہی یاٗتی اَنجام دِتھ۔

سَدارنگ:۔ ماہرا ! حکم کرِو۔ اَسی کرِو پزِ سنتا یہ سان تُہنٕز پژِتھ کاٗنہہ کاٗم تہٕ داتناوو اَتھ۔

اَدارَنگ :۔ ماہراج ! حق نمک ہے سُپدی۔

دانا وُزیر :۔ بوُزِو ؟ توہہ ہِ چھُ تَپسی رَکھُس مَنٛز ٹَنگہٕ بیٛٹھ وُہہ کڑوُہہ دوُر داس پُری واتُن۔ تَتہِ چھےٚ سَنٛجے داسہِ گر واجیٚنی روزان۔

تَس گرٛزِہ خبرٕ لگِہ زِ راز آو رازہٕ دانہٕ والیس گر سنٛجے داس ہٕ۔ سو گرٛزِ تشویٖشس مَنٛز پیٚٹھی۔ سو گرٛزِہ زانہِنی زِ شاید رُود نہٕ سنٛجے داس۔ سو مارِ پان جان تہٕ کیٛاز سو چھےٚ شُری واجیٚنی۔ سو پلیٖہ ضوٗر رُور یوُری وٲتِتھ رازس نِش تہٕ کیٛاز رازہٕ ما ووت تَس نِش تہٕ نہٕ رُود سنٛجے داس۔ مگر یہِ شیٖنٛچھ چھےٚ تَس وُرگہٕ پاٹھی واتناونی۔ یِتھ رُود تُہنٛد ماوضہٕ سُہ گو یہِ موٗلُل موٗختہٕ ہار، ٹُرٹو۔

اَدارَنگ :۔ واہ ! واہ !! دوُن بایَن کُنُے ہار۔

سَدارَنگ :۔ ژرٕنے گوٚے پَن تہٕ منےٚ گیہ موکھتہٕ پھلی۔

دانا وُزیر :۔ آ۔ ہا۔ ہا۔ پُرزی پاٹھی چھو مسخرٕ۔ دانا مسخرٕ۔ ٹُرٹو بٹاکھ ہار۔ نتہٕ نِلو اَکھ اکس سیتی فساد۔

اَدارَنگ :۔ دانا وُزیرس اَرِن آسے۔

سَدارَنگ :۔ تھدَن پاے۔

اَدارَنگ :۔ تہٕ بُڈ جلے۔

سَدارَنگ :۔ دِیو ماہرا اِجازتھ

اَدارنگ :۔ یور وِژاپہٕ تہٕ اور آیہٕ۔

دوشوٗے :۔ نمسکار۔

دانا وٗزیر :۔ کٲم کرِی زٕلو پۆر جلہٕ سان۔

اَدارنگ :۔ ماہرا! تَتہٕ کِتھو گیہٕ کِشُدن گرِی۔

سَدارنگ :۔ اَصلی وَقتکۍ باہ رٕوٗپی۔ نمسکار۔

دانا وٗزیر :۔ نمسکار۔

(نیران۔ گاش سوٚتان واہ واہ، دانا وٗزیر روزان اُکس اَندس کُن وُچھان۔ اور اَژان وٗزیرا مال سو تھاوان لولہٕ بوٚرُت اَتھ دانا وٗزیرس پھیٖکِس پیٹھ۔ گاش ہَنا تیزان)۔

وزیرامال :۔ کیٛا چھِو سوٚنچان ؟

دانا وٗزیر :۔ کیا چھُس سوٚنچان۔ سوٚنچان چھُس زِ کوتاہ بھاگیہ دان چھُس بہٕ۔

وزیرامال :۔ کیٛا بھاگیہ وان ؟ کوٚسہٕ بھاگیہ وانی۔ کُس راج تاج پٔروو ؟

دانا وٗزیر :۔ وٗزیرِی مَنتر کیٛا کُمی چھِے ؟

وزیرامال :۔ آدھیکار۔ پوٗرن آدھیکار۔ کُلَس تاج تہٕ بِہنُن تخت۔ سوٗرے پَتہٕ نِین سوہ چھُن مَنتر۔

دانا وزیر:۔ وُزیراماں ! اژکیا وَنان تسہ اَدھیکارچھ راژس۔ یُس لگہ پاگک
اَنہِ داناتہٕ نیتیاے ٹورتی چھُ۔

وزیراماں:۔ غلط ! اتَس چھُ تِھنُد مشوَرٕ، گاٹہٕ جار تہٕ اَنوبھو پکہ ناوان تہٕ
نیشہٕ ناوان۔

دانا وزیر:۔ یہ چھُ چون موہ تہٕ طمع وَنان۔ یوُت اَہنکار لگہٕ نہٕ تھاوُن۔
سون راژٕ دِکرم چھُ ساسہ بدی وُری گُذرٕ تہٕ یتہٕ یتھ دیشُس منز
پراکرمی راژٕ۔ دھرماتما تہٕ پوٗرٕ نیتیاے وَرتاوَن وول۔ لالچہ رُوس۔
ژُکو دَر۔ ہیتکاری۔ ژٕ نے پچھے لوُبَن گٹہٕ وااِجھر نتہٕ چھکے راز ماتایہ
ہُنز رٕش۔

وزیراماں:۔ کیٛاہ چھو وَنان۔ کیٛنہہ چھُو یتاہ راژٕ دِکرم سٕندی کرتوُت۔

دانا وزیر۔ کیا ! کیٛاہ وَن۔ وَنُن کیٛتُ کیٛاہ چھُے ژٕ نے ؟

وزیراماں:۔ یتاہ چھُو ژٕ دٕنزٕ کیا آسم وَنان۔

دانا وزیر:۔ کیٛاہ ؟

وزیراماں:۔ دٕیان آسہ راژن وُچھ باغس منز پوش ژٹان۔ اَکہ اَکہ نین
ناد دِتھ۔

دانا وزیر:۔ پتہٕ !

وزیراماں:۔ اُکس ووٗنُن کیٛنہہ ہنزی وااَلہ سوہ نِستہٕ۔ بنٛیس ووٗنُن

ہٹس تراوے کُنہِ نالہ۔

دانا وُزیر :۔ اَد۔ دان کر۔ دأنی راز چھُ۔ دان ہیکہِ نا کرِتھ۔

وزیر امال :۔ تمہِ نیٖر کیتہ وَدنہٕ نکھ نہٕ۔

دانا وزیر :۔ اَدٕ ؟

وزیر امال :۔ بوزان گژھو۔ راز کمأری ہٕنزن وہسن دوپُن رٕکھس کینہہ نموو، وَن شکارس۔

دانا وُزیر۔ اَدٕ !

وزیر امال :۔ پُشنہٕ وُچھنہٕ گو دیوانہٕ تہٕ نرِ تحقیق کرِتھ کھأجن شوہ ننگن کُٹھ۔ سوہ ژجس یِل دِتھ بَرٕ پیٹھٕ تہٕ گرٕ وأتِتھ کھیٚون وینہہ۔

دانا وُزیر :۔ کیا ؟

وزیر امال :۔ تہندِس لُکہٕ پالکس مُتلق کیا کیا چھیٚے وَنان تمہٕ پانہٕ وأتِتھ چھُمہٕ وَنُن۔

دانا وُزیر :۔ نہٕ، مےٚ چھُنہٕ کینہہ تہٕ بوزُن مگر۔

وزیر امال :۔ مگر کیا ؟

دانا وزیر :۔ یمہٕ کتھہٕ گژھن نہٕ رازٕ ماتایہ ہٕندین کنن گژھنہٕ۔ ہرگز نہٕ کینہہ دوہ پیٚٹھ صبر کرُن۔

وُزیر امال :۔ کیازِ۔ سوہ بوزِنا نیتہٕ۔ یژھ کتھہٕ چھا کھٹِتھ روزان۔ مگر تُہی کرِد

وُنی کیس پالَس مُنز ہیمتھ پأد۔ راج تاج حأصل کرِنچ ٹپیل کرِد۔

داناوُزیر:۔ وزیرا مال! ژِ کرَ دم! یِنہِ یلہِ برٚدٕ ٹہ کُن یہِ سوٚنچِکھ۔

وزیرامال:۔ ژھلہٕ بلہٕ۔ دان کوٚژہ دِتھ، پھریوٚکھ سأری پالَس کُن۔

داناوُزیر۔ دَم کر۔ بد نیتھ۔

وزیرامال:۔ راز لگہِ کوہ کرمَن تہٕ تھی کرناوٕ نیو سوٗرے خزانہٕ خألی۔ پانے گژِھ نادار۔ تہٕ ہیہٕ پیٚیس اَتھہِ دارُن تہٕ موقہٕ وُچھتھ ژلُون۔ . . .

داناوُزیر:۔ کیا؟

وزیرامال:۔ حأرِتھ۔ سوٗرے گیہِ رازٕ نیتی۔ کپٹ نیتی۔

(دانا وزیر گژھان وزیرا مالہٕ شرارتَس مُنز زُنتہٕ ہوٚٹ چیپرنہٕ)

داناوُزیر:۔ خبردار۔ ڈیٚول سَر پیتی۔ گڈری وشرارچی ووتھان۔

(وارٕ وارٕ گاش سمتان تہٕ پتہٕ بیٚیہِ لوٚت لوٚت ہیٚور سٹیجَس پیوان۔ سوٗرے کورَس ناوِ ہنٛدِس رٕوٚلِس مُنز۔ تِم سأری زُنتہٕ ناوٕ چلاوُن وألی ہأتز بنِتھ کھوٗری اَکھوَن مُنز زٹِتھ ناو اُپور تاران۔ اَدا رنگ تہٕ سدا رنگ ووٗنی زنتہٕ ناوِ تار لبان۔)

## کورس

دے کرِ یاری تھاوُ ہُشیاری  تارِ وُن دِیہ اَسہِ تار
بی بیٚلِ ئِستی لوٗکن تہٕ مستی  مَن ڈٲلِ بیٚیہِ اَنہار
واوِ طوٗفانَن منٛز کمَ جانَن  ژٕرے چھکھ پالَن ہار
اَنہ گٹہِ راژَن شرِین تہٕ باٚژَن  سانئین کرَ ووہ پکار
تارِ وُن دِیہ اَسہِ تار
تارِ وُن دِیہ اَسہِ تار

ژُسے شاہ پاشاہ  وِکرم شاہ پاشا
پاشاہ پاشاہ  وِکرم شاہ پاشا

دگاش سوٗتان تہٕ موٗسیقارَن سوٗ اُے ساٚری نیران ۔
سَدارنگ اَکِس اَندِس کُنُ اَکِس چوکہِ پیٹھ بیہان. واتسِہ ٹھ
تیٚسی سُنٛد رَکھ لاگِتھ، کورس اژان زَنتہٕ گاہکی روزَن
واٚلی سوٗرے زَنتہٕ سِپدان گامہِ کِس ژوٗدِس پیٹھ ۔ )

اَدارنگ :- داس پرُی کیو روزَن والیو !
لوکو بوزِو دارِ دِلو دِیان

تَیہٕ وَنہٕ پپنٹھ کےٚ تَیہٕ رٮ۪وش آمُت
ترٕکال دٔرشٹی بیٚیہ چھُس گیان
اَن پَن تَمُے سُند کیول پھَل مۄل
کرٕ یُس پرٕیٚشن کانٛہہ وَنہٕ تَس فال
چھا کانٛہہ شرٕ واجیٚنی یُس گوٗ ترٛاوِتھ
سانٛی پَنہٕ نےٚ سانٛپنہٕ عَیال
وَنہٕ سۄٚپنَن ہُند پھَل
پرٛدیٚن مَنٛز گانٛنگہٕ مَنٛز
ہیٚنہٕ آمتی یارن ہٕنٛز شیٖچھ
باوتھ کرٕ سےٚ یُس یۄٚت آمُت
تَیہٕ وَنہٕ پپنٹھ کےٚ تَیہٕ رٮ۪وش آمُت
ہے! داس پُری کیو روزن والیو!

اَکھ :۔ کُس چھُ سُہ رٮ۪وش۔ کَتہٕ چھُ؟

اَدارنگ :۔ ہُتھ بٔرٕ مچہ کَلِس تَل سمادِ بِہِتھ

اَکھ زَنانہٕ :۔ سُہ چھا اَنٛترٕ یامی؟

اَدارنگ :۔ سُہ نامی۔ اَنترٕ یامی۔ بَہَن وٕرِیَن ہُند بَراہمَری۔

باکٕی زَنانہٕ :۔ شاہِ لِشد و اگر تھونا تہٕ دَرشُن کرٕتھ یمَو

اَکھ زَنانہٕ :۔ ووٚلہٕ مو چھ کھوٚل نوٗسس ۔ بھبوٗت ہیٚموس ۔

اَکھ :۔ سُہ چھا تَپہٕ وَنہٕ بیٚٹھِ آمُت یوٚت راہٕ وِکرَم چھُ گومُت ۔

اَدارنگ :۔ آ ۔ تَپہٕ وَنہٕ کےٚ تَپہٕ رِیوٚش آمُت ۔ ترکال دٔرِلشٹی بیٚیہٕ چھُس گیان ۔

اَکھ زَنانہٕ ۔ سُمیرا یِہ تہٕ وٕنو ۔ سوہ پٔرٕژھِس سنٚجے داسِنی خَبَر اَتر ۔

اَدارنگ :۔ سُمیرا ۔

بیاکھ زَنانہٕ :۔ تَسَ آسِہ گوڈٕ شُرلو ووٚلمُت نال ۔ سوہ کَتہٕ موہ کلِہٕ ۔

اَکھ زَنانہٕ :۔ توتہٕ وَنوس آسِہس ما موہ کَل ۔ سوہ پٔرٕژھِس خانہٕ دارِشنٕز شیٚچھِہ ۔

بیاکھ زَنانہٕ :۔ یکھ پانَس ، تَسَ کوہ سِہ فِکر ۔ تَسَ چھُ خانہٕ دار راہٕ وِکرَمَس سِتی گومُت عاشُن تہٕ آرامَس ۔

اَکھ زَنانہٕ ۔ بَلِکہٕ پٔرٕژھِس وارے چھا ۔

بیاکھ زَنانہٕ ۔ کَتہٕ تَپہٕ رِیوٚش تہٕ کَتہٕ راہٕ سُنٛد سلوک سنٚجے داس ۔

اَکھ زَنانہٕ :۔ مَہ بَرَوسواس ۔ ووٚلہٕ گرٛھنہٕ چھُ گرٛھنے ۔ سوہ تہٕ نمون عتی حَرجہ چھا ۔

اَدارنگ :۔ ہینہٕ دِنہٕ روٚستے دَرشُن ۔ ترکال دٔرِلشٹی تھادَن داٹِس تَپہٕ رِیٚشی سُنٛد دَرشُن ، ہے داس پُری کیھولوکو ! پکو ۔

( سُہ پھران باقیٚن ساڑی سے سٹیجَس تہٕ نوان سُدارنگس

بڑوٗنہہ کُن۔ سالِم گاشس پھیران تۄری کُن۔ سُمیرا تہٕ اژان
تہٕ ژلان سارنے سیتی)۔

اُدارنگ:۔ ہے سوامی! نوٚہم سیوک چھہ تُہندِس درشنس آمتی۔ اُچھ
مژراٲوِو۔ ییٚنہٕ گژھہ نہٕ کانٛہہ اَکھ تہٕ خٲلی نیرُن۔

اَکھ زَنانہٕ:۔ مہاراج اسون چھُے نمسکار۔ اَسی چھی شرَن۔

باقٕے زَنانہٕ۔ تِہنٛز رٕنیتس آسن سون جَے جَے کار۔

سَدارنگ:۔ سُکھی رٔوزِو۔ بَختہٕ بجر پوٚشی نوٚ۔

اَکھ زَنانہٕ:۔ (لوتہٕ) پرژھی ہے۔

بیاکھ زنانہٕ:۔ ژٕ پرٕژھس پانے۔

اَکھ زَنانہٕ:۔ مہاراج! میانہٕ ییٚمِس نٮ۪ے پوٚترٕ کورِ گوٚژھہ سنتان ٲسُن۔

سَدارنگ:۔ ہے شِو شمبھو!

بیاکھ زنانہٕ:۔ ہے دیا۔ اُچھ کرِن بَندیہ ماگو سَمادِ۔

سَدارنگ:۔ (اُچھ مژراٲوِتھ) ہے پرٕژھاوان۔ بنہٕ سنتان۔ کاشی ہُنٛد
وِرت گژِھہ کرُس مَنٛز دٕرُن تہٕ کیٚنٛہہ رٮ۪تی پژزلہٕ یہنٛد گرٕ ژونگ۔

اَکھ زَنانہٕ:۔ مہاراج تُہنٛز دیا۔ اَسی چھی شرَن۔

بیاکھ زنانہٕ:۔ ہیٚیَے ژٕ تہٕ پرٕژھی ہے

سمیرا:۔ کیاہ پرٕژھس



اَکھ زَنانہٕ:۔ مہاراج! ییٚمِس سُمبرایہ ہُنٛد ساکی سَنٛجے داس چھہ رازٕ وِگرمس سیتی تیٚہ ون گومُت۔

سُمیرا :- (اَمنہٕ چھِ منہٕ چھِ) سُہ مہاراج گوٗژھہ واریاہ کھٔٹی آسُن۔
سَدارنگ :- ہے شمبھو! نیلہٕ کنٹھہٕ۔ اگوٗر ناتھ۔ زٕگہِ ہنٛدِ رٔکھہِ پالہٕ۔
اُدارنگ :- اَمِس گژھ شرکہٕ ہنہٕ چھینٕے۔
بٹاگھہ زنانہٕ :- مہاراج! تژھٕے کوٗرِ تہٕ شکُن پوٗترٕ۔
سدارنگ :- سنجے داس! کَڈُن وَن واس، پوٗرہٕ اَکھ ماس۔ راژس سیٚتۍ نیپہ ڈلُس نٕشرٕ... مگر... مگر
سُمیرا :- مگر کیا مہاراج ؟
سَدارنگ :- نوٗن چھُ یوان بوزنہٕ ٹاکارٕ۔ خبر چھینٕے ناکارٕ . . . .
سُمیرا :- ہے کیاہ گوم! نہٕ مہاراج ڈٕنوِ!
سَدارنگ :- شِشُنہٕ میانیا۔
اُدارنگ :- مہاراج! تہنٛد سیوک چھُ حاضِر۔
سَدارنگ :- کُس کرِہ بس باوتھ۔
اُدارنگ :- مہاراج! کمہِ کتھہِ ہٕنزٕ؟
سَدارنگ :- زٕ تیپہ وَنہٕ پینٹھہٕ آدمہاراج وِکرَم اَکی رٔبتی راز دانہٕ والیس۔ مگر . .
اُدارنگ :- مہاراج بٕرژھہ کُن تہٕ ڈٕنوِ۔
سَدارنگ :- شِشُنہٕ میانیا! مگر سنجے داس آو نہٕ۔
سُمیرا :- مہاراج! سُہ کیاز آو نہٕ۔ ڈٕنوِ مہاراج! ڈُنیُب کرِتھ ماگوم کینٛہہ۔
سَدارنگ :- راژک مالکھ صِرف اَکھ۔ خالص اَکھ۔ بٔیہ نہٕ کانٛہہ۔
اُدارنگ :- مہاراج! یہ چھینٕے کوٗرِ ماگٕج۔ ڈٕنہتھ گژھیوٗس۔
سَدارنگ :- تہٕ ہنیکہٕ خالص پانہٕ مہاراج وِکرَم ڈٕنہتھ۔ کیوٚل چھُ سُے

یوت راز زانان۔

اَدارنگ :۔ ہتہ بی بینی ! توٗہی گرٛژھو راز دانہٕ تہٕ پرٛژھو پانہٕ رازٕ وِکرمس زِ تُہُنٛد سٲمی سنجے داس کیاز آونہٕ تیٚپہٕ وَنہٕ پیٚٹھہٕ واپس۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! تِی کَرہٕ۔

بیاکھ زنانہٕ :۔ آہن پگاہ چُھ نیرنٕے گامہٕ کِین نگرکُن تہٕ ژٕ تہٕ نیر تمہٕ نے سٟتی۔

اَدارنگ :۔ مہاراج ! تَمہٕ کیا یوان دِژینٕٹھ۔ یِم بُھکھتی ما گرٛژھن مایوس گرِ واپس۔

سَدارنگ :۔ کرُمن ہُنٛد پھَل لَگُن پرتھ اَکس۔ سُمیرا یہ کیٛت چُھ رُت رازدانہٕ گرٛژھن تہٕ رازس پرٛژھن سنجے داسن اوحال۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! تِی کَرِ چارٕ کیٛا چُھس۔

اَدارنگ :۔ مہاراج یِم بُھکھتھ چھ پھَل مۆل ہیتھ آمتی۔ یہ گرٕ و سُو پکار۔

سدارنگ :۔ ہے اگور ناتھ شمبھو۔ ژٕ کہٕ ہنٛدِ پالک۔ گرٕ و آہار۔ پھلاہار۔ (سوٗرے گاش وارٕ وارٕ سعتان۔ کوٗرس بیٛیہ پننہٕ جایہ یوان تہٕ اَڈی روزان تھرگرٕ تھ لوکن تہٕ اَڈی بنان ڈیڈی وان۔ واوچہٕ داو کرن واجنہٕ بلیتر)۔

داسی :۔ راج ماتا ! دانا وُزیر آیہ تُہنٛدِس درشنس۔

(دانا وزیر اژان)

دانا وُزیر :- نمسکار! راز وِکرم سُند تیز تہ پرتاپ پوٗرُن اَسہِ اَند وَند۔

(ژھ پیہ)

راج ماتا! تُہی کیاز وہ داسی؟

مہارانی :- گوڈ اوُسکھ ژ دھرمہ سنکٹس مَنز تہ وہ نی چھس بہ تہ۔

دانا وُزیر :- ماتا! صبرس چھئے کام ہینی۔ پزر روزِ نہ زیاد دوہن کھٹتھ۔ اما پوز۔

مہارانی :- اما پوز! ژھ پیہ کیاز گژھہ؟

دانا وُزیر :- وہ نی چھئے پژزا تہ شک گران۔ وُزیر تہ منتری تہ چھ رازس مَنز تبدیلی وُچھتھ حیران۔

مہارانی :- تہ تہِ کیاہ چھُ لبنہ یوان۔

دانا وُزیر :- مئے ماتا! مئے چھنہ رازس مَنز راز وِکرہنی سَنسکار، سوبھاو گاٹہ جار تہ دریشٹی لبنہ یوان۔

مہارانی :- یم چھنا راز وِکرم۔

دانا وُزیر :- خالص شریر کِنی۔

مہارانی :- رازس ماچھ ژیتہ بژم۔

دانا وُزیر :- ژہتہ بژم نہ ٹلی کرِ یہ چھئے کاے بدلی ۔ شریر راز وِکرم سُند تہ زُو، رُوح سنجے داسُن۔

مہارانی :- دانا وُزیرا ژ کیا وَنان۔ مےٚ چھ انگ اَنگ ولسران۔

دانا وُزیر :- اَکھ پَنزریُس نُمنہٕ راوُن پئیہٕ۔

مہارانی :- میانہِ بھگوانہٕ۔ ییٚہ کیا چھس بہٕ بوزان۔ اے وُزیر! یہٕ کیتھہٕ کٔنۍ چُھ مُمکِن؟

دانا وُزیر :- ماتا! یتھۍ واقاتھ چھ شاپُن تہٕ وَرداٚنُن ہنٛدِ پَرَبھاوٕ کنہٕ مُمکِن سپدان۔

مہارانی :- تہٕ سینٛجے داٚسُن زُو کیازِ پییہ راز وِکرم ہنٛدِس شریرس منٛز۔

دانا وُزیر :- ماتا! یہٕ چھےٚ سینٛز کنہٕ راج بھوٗ گینٛچ یژھا۔ راج تاج چھاوُنک ہوٚس۔ پنٛزرا یہٕ ہُنٛد مالکھ۔ راز گُرک مالکھ۔ مہارانی تہٕ نوکرچاکر ماتاکُس داس چھُنہٕ راز بنہٕ نٕچ یژھا تھاوان۔

مہارانی :- تہٕ راز وِکرم سُنٛد زُو۔

دانا وُزیر :- سُہ ماتا آسہِ کُنہٕ دِوٚیمہِ زُو نااَژ ہنٛدِس شریرس منٛز۔

مہارانی :- وائے گو وِکرم آسہِ سنکٹس منٛز ہینہٕ آمُت۔ دانا وُزیر بہٕ کیا زِ چھس زٕنٛد۔ بتہ اژ کونہٕ گژھان چاک تہٕ بہٕ کونہٕ تِھتھۍ منٛز شرپان۔

دانا وُزیر :- تُہی تھاوِو سنتوش۔ بلیہٕ یوٚددوے میُون ماٚنوٚ پِگاہ پرٛبھاتُن گژھو سُنٛدِس شو بھکتی مُنی راج شوامی وجیانندلس آشرمس منٛز۔ ماتا! مُمکِن چُھ تِم ہیکَن تہٕ ہرٕ مَن شانت تھاوِنہٕ موکھ کانہہ پایا

ووہ پایا وُنتھ۔

مہارانی :۔ تہٕ میون سأمی چھُنا راز۔

دانا وزیر :۔ شہرٕ کینٛہ سے۔ تہٕ کیاژٕ شہرٕ پرٕ تہٕ چھُ پرٛزُرک اکھ اہم انگ۔

مہارانی :۔ مطلب ؟

دانا وزیر :۔ توہہِ چھُون یوہ ہے شہرٕ پٕتُن سأمی مونمُت۔ مگر یہ چھُتہٕ مکمل وِکرم۔ تِہند مکمل سأمی۔

مہارانی :۔ میون مکمل سأمی۔

دانا وزیر :۔ آ۔ راز سنسکارٕ بُرتھ وِکرم۔ ماتا ! سنسکار چھِہ بیزس سیتی منوشس میلان۔ وید۔ پالنا۔ ماحول۔ تہٕ ست سنگہٕ سیتی چھِہ سنسکار تہٕ سوہ بھاو برٛژرتہٕ دِرڈتا لبان۔ یِمہٕ وے کینٛہ چھِپے آدم سنٛز مکمل شخصیت شکل لبان۔

مہارانی :۔ میون کرمہٕ لون ! تیلہٕ ؟

دانا وزیر :۔ مَن شانت تھاوُن تہٕ صبر وسنتوشس کام ہیٚنۍ۔

مہارانی :۔ ٹھیک چھُ تیلہِ گژھِ لگاہ پرٕ بھاتس شِو آشرمس گژھُنگ پرٛبندھ کرُن۔

دانا وزیر :۔ ماتا ! ضرور رُوزِ سیدِ راژٕ وِکرمس اُسن جِ جِ کار۔

دگاش وارٕ وارٕ سوٚ تان۔ کورٕ سس تہٕ بدلان جایہ تراپہ۔
دانا وُزیرٕ آسان سوچس گوٚمت۔ گاش وارٕ وارٕ یوان۔
وزیرا مال آژان۔ سیٹھا ماے موٚحبتہ ورتاوان۔)

وزیرا مال:۔ سائی! کیا چھو سوٚنچان؟
دانا وزیر:۔ مےٚ چھ سوٚنچُن کیٚتہ گنُن وہرار۔
وزیرا مال:۔ کیاہ؟
دانا وُزیر:۔ یہ زِ مُنوش کیاز پنٕنی آدرش تہٕ اُدٚصول مُشراوان۔
وزیرا مال:۔ تُہ چھُنہٕ تی ییژھان روزُن یہ اَز چھُ۔
دانا وُزیر:۔ کیا؟
وزیرا مال:۔ اکھ پوو ہیوٚر کھسُن۔ مکمل راحیت چھاوُن۔
دانا وُزیر:۔ ہُنہہ خام خیٲلی! ہم وہرار گژھن تراونی۔ دانا وُزیر گوٚ نہٕ
دغا کرن وول۔

وزیرا مال:۔ سائی! وُنہٕ تہٕ چھُنہٕ ژیر گوٚمت۔ ہنا کرِو وہرار۔ راز چھنہٕ
ییٚنہٕ ٹلن حواس مُشر۔ یہ لیگاہ بیٚیہ کانٛہہ وُزیر موٚتک فٲیدٕ تلٕ زور
لبہٕ، مژہ بل ہاوِتھ راجت پراوِ۔ یا سارٕ سینا پھیرِتھ گژھہ
تہٕ چھنا جان تہی نیوٚن راز تختس پیٹھ وٲلتھ۔ تکیاز سارِنے
بروٚنہہ چھُ توہی حق۔

دانا وزیر:- ژٕ نَے کیا چھُے سَیُدمُت وزیرا مٲلی۔ مێے کیا راج درٛوٚہہ۔ یا بغاوَتھ چھا تُلِنۍ۔ مێے چھُنہٕ راج ناج چھاوُنک کانٛہہ شوق۔

وزیر امال:- توٚہۍ چھُنہٕ! مێے چھُہ۔

دانا وزیر:- کیا کمۍ چھِٕے۔ کیٛا چھُنہٕ اَسہِ۔ پَنہٕ نِسے مٲلکس سیتی بے وفٲیی۔ پھِکی۔ چھِکی۔ یہِ چھا دھرم۔

وزیر امال:- دھرم تہٕ نیتی چھِٕے وَنان ییٚلہِ راز آسہِ کمزور گرٛدھان تہٕ سُہ گَژھہِ نێُن ہٹاوِتھ۔ ہنا ہێیو بوڈِ کام۔ یوہ ہَے چھُہ موقہٕ۔ وارِ وارِ گرٛدھن سارۍ لکھ۔ سارے پرٛزا رازٕ سندۍ ن کَرتو تَن نِش خبردار۔ تہٕ ہاہا کار ووتھ۔

دانا وزیر:- بلکل نہٕ۔ کانٛہہ ہاہا کار ووتھ نہٕ۔ یہٕ ژانکھ سارۍ وزیر تہٕ پرٛزا چانہٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ تِم دِن نٕہ راز وِکرمس پتھ۔ تِم ژالَن تمۍ سُند سورُے۔ سُہ چھُہ تہندِ نایک تہٕ تِس تھاوَن سورُے آیہٕ تَن۔

وزیر امال:- ہُنٛہہ نایک! بِچور رازِ وِکرم! تہنزِ دانٲیی تہٕ کامہٕ قٲبلیتہٕ سیتی چھُہ وِکرمس بوڈ ناو تہٕ......

دانا وزیر:- تہٕ......

وزیر امال:- شرارتھ کیٛاژھُہ کھسان۔ مَتہٕ مٲنۍ تو میون۔ اکہِ نتہٕ اکہِ دوٚہہ ہیٚکِو پانٕے پانٕے گرٛتمہٕ وِزِ آسہِ سَلطھاہ ژیرِ کومت۔ بییہ توٚہۍ

کیاہ کاشہ مومٔلی نوکر بنی تَن راز تۄہی ںۄزِ دولتَس تہٕ ڈزپری
کران تہٕ اَکھِ داران۔

دانا وزیر :۔ ژُزیرامٲلی ما ژےٚ کوسہ کوہ بنرا چھے لَستہٕ کنی ثاہرٕ۔ چون گاٹہٕ بجر
تہٕ پزکرتھ کیاز بَدلے ہرٕ۔

وزیرامال :۔ سٕمے ڈیلشتھ گژِھ پَنُن لابھ ژھانڈُن۔ نَرِ زَنگہٕ وُٹھتھ نہٕ بہُن۔

دانا وُزیر :۔ یِم گیہٕ ترِیا ژرِہتھر کرِ وہی۔

وزیرامال :۔ کیاہ۔

دانا وزیر :۔ یہ نہٕ شایانِ شان چُھ تی چھکھ بَکان۔ یُہ کرِ نہٕ پَنُن قول، فرض
تہٕ اَژار بُرباد چاٗلِس وَہنَس پیٹھ۔ گژھہ کمر کاشہ کاٗماہ کاراہ۔ یِم
کوہ وہنرار ترٲو۔ پَنُن دَھرم کَرم تہٕ زَنَم مہ راوَر۔

(کورَسس دَرواز بنان تہٕ ڈیڈی وان اَژان)

ڈیڈی وان :۔ مہاراج! نہٕ تپَسی جوان چھ تۄہہ سمکھُن یژھان۔

دانا وُزیر :۔ ژُزیرامال! ژہٕ نیر وُنی کنِن، گژھہ پَنُن مَن تھاو شانت۔
چرن داس اُنکھ یوٗری۔

ڈیڈی وان :۔ بیٛہتر ماہرا!

وزیرامال :۔ ہُنھہ۔ (نیران)

(وزیرامال نیران اَکِہ اَندٕ تہٕ اُدا رنگ تہٕ سدا رنگ

اَتران ڈیڈی وانہِ وَتہٕ۔)

اَدارنگ تہٕ سدارنگ: دانا وُزیرَس اَسِن سدارنگُن تہٕ اَدارنگُن نمسکار۔

دانا وُزیر:۔ نمسکار۔

اَدارنگ:۔ ماہرا! بی ژےٚ بوُتھ تی اوٚن باکل۔

سدارنگ:۔ کرٕ کام ڈُلہِ ڈُلہِ بیٚیہِ کرٕ جل جل۔

اَدارنگ:۔ داس پُری مَنز اوٚن اَلہِ ڈٕکہِ۔

سدارنگ:۔ داسہِ کُٹھےٚ پیٚیہِ وااُتتھ جل جل۔

اَدارنگ:۔ پگاہ وُچھو دَربارَس مَنز تہی۔

سدارنگ:۔ سُمیرا ماہرا پیٚیہِ پانئے وااُتتھ۔

اَدارنگ:۔ رازَس پیٚرژِھ پئے، سنجے داسُن۔

دانا وُزیر:۔ ٹھیک چھُ۔ لگِن نیٚاے۔ راز وِکرم سُند نیٚاے۔

اَدارنگ:۔ بیٚیہِ اَکھ نیٚا یاہ وٚتھمُت نگرَس مَنز۔

دانا وُزیر:۔ کُس نیٚاے؟ کیٚا سناہ؟

سدارنگ:۔ کرٕ داوا۔ گَتہٕ رٕیٚنی دَنہٕ داسَس ماہرا۔

دانا وُزیر:۔ کوسہٕ گَتہٕ رٕیٚنی۔ کُس دَنہٕ داس؟

اَدارنگ:۔ نگرٕ چھ ناماوار اپراجے۔ نشٕرَنس مَنز ماہرٕ۔

سدارنگ:۔ کرِ داوا دَنہٕ داسَس جوہرَس ماہرا۔

داناؤزیر :- دَربارس مَنز۔ ٹھیک چھُ۔ ٹھیک چھُ۔

اَدارنگ :- اُسی تہٕ وُچھو ماہرا لاگِتھ یوٗگی بوٗگی سُند رکھ۔

داناؤزیر :- ٹھیک چھُ تَتھ مَنز کیٛاہ چھُ حَرج۔

سَدارنگ :- ماہرا۔ بیٛیہِ تہٕ یوٚد پرٛزھوٕ گِژھا۔

اَدارنگ :- خبر اَسہِ تگِیا پرٛزُھن تہٕ۔

داناؤزیر :- کیٛاہ سَنا! پرٛزِھو؟

اَدارنگ :- وَتہِ وُچھِ یوٕر گژھان سَمپدا۔ دَولتھ۔ سوٗن، روٗپھ۔ لال جواہر۔

سدارنگ :- بوٗز سوٗ پیہِ سوزنہٕ داسس پُری۔

داناؤزیر :- تہٕ چھُ پوٚز بلکل پوٚز۔

اَدارنگ :- ماہرا! کَس بھاگیہ والس کرٕ یہ دَولتھ؟

داناؤزیر :- سَنجے داسنہِ کوٗ ٹمبہٕ خاطرٕ۔ تَہنٛدِین اَشناوَن، پترِن تہٕ ہمسایَن۔

اَدارنگ :- آسہٕ چھُ! یُتاہ گوٚڈے راز تَس پیٹھ۔

داناؤزیر :- دأنی راز سُند دان۔ پی گوٚجان۔

سَدارنگ :- ماہرا! پی گوٚجان رکنہٕ خالی کرُن خزانہٕ۔

دگاش سوٗنان تہٕ پتہٕ واہدارٕ کورسس پیٹھ پوان۔ کورس

گژھان دوہ پانتہ تقدیر باگن مَنز تقسیم زنتہ اُکس باگس

مَنٛز تِم یِم ظُلم کَرَن وٲلۍ چھ تہٕ دوٚیمِس مَنٛز تِم یِمَن پیٹھ ظُلُم سپدان چھُ۔ یِمَن مَنٛز باگ تَریٚیُم باگ تِمَن ہُنٛد یِم لوٚٹہٕ چھ۔ موسیقی روزان چلہٕ وِنۍ تہٕ بدلان۔ ظالِم باگ دوٚیمِس باگَس مُنٛز پاٹھرَس مَنٛز یہِ ہاوان زِ تِم کوتاہ ظُلُم چھ کران تہٕ دوٚیُم کمہٕ حدَس مَنٛز کِتھہٕ کٔنۍ چھ ظُلُم برداش کران تہٕ اَتھ عملہٕ مَنٛز کِتھہٕ کٔنۍ چھ تریٚیمہٕ باگُک تحصیل فایدٕ تُلان، لوٚٹان، پدوِیہ ہراوان۔ رُشوت رٹان۔ یِتھہٕ کٔنۍ چھُ کورس سوٚ باوتھ کران یُس سماجَس مَنٛز تریٚن کورگن ہٕنٛز کشمکش چھُنے۔ کمزور ورگ، کمزور ترین بنان تہٕ زوراوَر زیادے زوردار تہٕ مَنٛزیُم ورگ پٔہنۍ وٹنۍ وٹان۔ یہٕ سورُے سپدان اَکِس ربط وضبطَس تحت۔ آخرَس مَنٛز سارِنے مَنٛز اَکھ باطاقتھ نفر وۄتھلان یُس ہٕنٛدی غولام ساری چھ بنان۔ یہٕ سپن یِتھے عوٚرۄجَس واتہٕ گاش سوٚتہٕ۔ تہٕ کورس کرِ ہیٚور سٹیجَس کھسِتھ لوکَن کُن تھٔرتہٕ کیٚنہہ رٹِن پننہٕ پننہٕ جایہٕ۔ داسہٕ کچھ ، واوجہ واو کرَن واجنہٕ تہٕ ڈیٹھی وان بیترِ اَکِس اَنٛدس پیٹھ اَکِس کوٹس پلیٹھ پنجرَس مَنٛز اَکھ طوطہٕ۔ مہارأنی اُمی سے طوطَس

(زَنتہٕ پھَل تراوان۔ دانا وٗزیر اَژان۔)

دانا وٗزیر:۔ ماتا! راز وِکرمَس آسن جٔے جٔے کار۔ میون چھُ نمسکار۔ توہہِ سُکمتہٕ پیٹھ اوّنوُس بُلاوِتھ۔

مہارانی:۔ دانا وٗزیر! بہٕ آلیَس وُنی شو آشرمہٕ پیٹھہٕ آشرمچ شانتی وُچھتھ گومَن سیٹھا پرَسن۔ وَجیانندچھ سیٹھا بٔڈ مہاتما۔

دانا وٗزیر:۔ ماتا! کینٛہہ پرامرِش یا راے وُنی کھہٕ۔

مہارانی:۔ تمِو بوٗز میانہِ سنگتُچ ساری ڈلیل۔

دانا وٗزیر:۔ پتہٕ؟

مہارانی:۔ اور دوٚنکھ نہٕ رکھیہ۔

دانا وٗزیر:۔ تو تہِ بوٗزکھ کینٛہہ۔ کانٛہہ پایا' وہ پایا۔

مہارانی:۔ سیٹھا سوچ کرِتھ تہٕ زٕہتھ دِتھ دِیتُکھ یَنہٕ آشرمک یہ پُنکھی منٛے۔ پنجرُک طوطہٕ۔

دانا وزیر:۔ طوطہٕ!

مہارانی:۔ آ۔ یہِ طوطہٕ۔ نیٛتھی بوٚد۔ بولہٕ وُن طوطہٕ۔

دانا وٗزیر:۔ دوٚنکھ کینٛہہ۔

مہارانی:۔ آ۔ دوٚنہم یِنہٕ اُمِس کینٛہہ گژھی زِچھی زین تہٕ توٚتہٕ گژھہِ زانُن۔

دانا وٗزیر:۔ تہٕ اَصل مَسلہٕ؟

مہارانی :۔ تتہٕ مُتلِق وۄ تہم نہٕ کینٛہہ ..... یہ طوطہٕ ہیۆتن مےٚ سیٹھا ٹوٹھ گرُھن۔

(طوطہٕ ہِنٛز بۆلۍ گرٛھان موسیقی پیٹھ)

یہِ چُھ سیٹھا مۆدُر بۆلۍ کران۔

دانا وٗزیر :۔ طوطہٕ ! طوطہٕ !! ماتا مےٚ کیا حُکُم چُھ۔

مہارانی :۔ مےٚ یہِ وَنُن چُھ تہِ چھُم نہٕ تگان پھیرُن۔ کیوٗل چھُم باس تہٕ باوٕژ کنٛہ نہٕ شَبد، شکو تہٕ شنٛکایہٕ سیتی چھُم مَن بۆرتھ۔ نیٚنٛدہٕ تہٕ نیٚنٛدِر گژھٕہ۔ سۄکھ تہٕ سامرتھ چھُم نہٕ رۆودمُت۔ راز ہِنٛز وۄکھٕر کرٛکرٛن ہِنٛز کنتھہٕ بۆزی بۆزی چھُس تنگ آمُت۔ ییٚلہِ پتہٕ ماگُھ لکہٕ پامَن دانا وزیر!

دانا وزیر :۔ ماتا ! یہِ پرٛژھ چھےٚ وارِ وارِ سُلجان۔ پانٕے لبِہ سما دان۔ کیوٗل ستتوش کھاوُن بیٚیہِ کینٛہہ دۄہہ۔

مہارانی :۔ دانا وٗزیر ! مےٚ بۆز خزانک سوٗن روٗپھ چھُ لوان سبے واپہ پاکھٹی یا گرادنہٕ۔

دانا وٗزیر :۔ پۆز چھُ ماتا ! مگر تشوٚیشچ چھےٚنہٕ کانٛہہ فکِر۔ سوٗرے روز پنٕنہِ لیِہ دبنٛتس مَنٛز۔ گژھ کوٚت۔

مہارانی :۔ بَس اِپِی اوسُم پرٛژھن۔

داناوزیر :۔ مےٚ چھُ تران فکِر زِ تِہ یہ کۄسہ کۄسہ پریشانی آسہ۔ مگر دلشِکال

وِہرٛاُرتھ چھُہ اَسہِ کیٛنٛت پِیٛ رُت زِ کینہہٕ کال لاگوٚ اُسوٚ ڈیشِتھ اوٚن
تہٕ بوٗزِتھ زوٚر۔

مہاراٛنی ۔ (وزراش) تہٕ زیوٚن گٔنٛڈ۔ ہٕنٛہہ !

(طوطہِ بوٚلی گرٛھان بِیِیہٕ موسیقی پیٛٹھ)

داناوزیر ۔ طوطہٕ ! بچور طوطہٕ !! ماتا منے چھا آگنیا ؟

مہاراٛنی ۔ پرتہٕ بٕنتہٕ ۔ (اُڈس سیٹھچس گاش سوٚتان)

داناوزیر ۔ (نیران نیران اَکس اَنٛدس کُن) اَدا رنگن تہٕ سُدا رنگن
وَنیوو زِ طوطہِ سٕنٛدِ مرنہٕ گیوو سینے داسَس صدمہٕ ۔ طوطہ !
....ضروٗر چھُ اَتھ مُنٛز کینٛہہ راز ۔ طوطہِ !!! اصلی وِکرم ۔ رازِ
وِکرم گژھہ طوطہِ سٕنٛدِس روٗلس مُنٛز اَژُن ۔

(سوٗرُے گاش سوتان ۔ دانا وزیر تہٕ مہاراٛنی نیران ۔
طوطہِ سٕنٛز جایہِ بیاکھ طوطہٕ بِیِیس پنجرس مُنٛز لٔس ۔ اَکھ
سیوٚک ژٹِتھ سُے آسہِ طوطہِ سٕنٛدِ بَدَل تہٕ بولان ۔ دٕنہٕ داس
اَژِ سیٹھاہ اُسوتہٕ خوصس مُنٛز۔ کُورس آسہِ ہتا تبدیلی سان
تکیاز پہ چھُنہٕ راز محلہِ بیتر بلکہِ دٕنہٕ داس جوہری سٕنٛد گرٕ)

دٕنہٕ داس ۔ اَکھ کتھ تہٕ مانگھ نہٕ ۔ اَمہِ کھوتہٕ اُسی ٹھن وِکرم رازس ناو تھوٚود
تہٕ اَن تہٕ گوو ہرگز نہٕ ۔ گو سوٚو وُے اَنِتھ بلکل اَنِتھ ہنگہٕ منگہٕ

ہانژھ تہٕ مانگے۔ یہ گوگاٹلِ پاٹھن والہٕ دارٕشہ لاگُن تہٕ روپیہ
وُگراونہٕ۔ وِدہ ژٕ آسہٕ ہسے اور کاشہہ بوڈ سیٹھاہ تو تہٕ کرہاوٕ لڑائے۔
تِتھ چھم اوپرٕ تکہ دِن نا۔ چھوہ ژٕ چھِوہ نیاہ۔

طوطہٕ :- اے مالِکھ ! ژٕ کیاہ زِ بامبر ہو مُت۔ ژٕ سے کیاہ زِ فکر تہٕ کروٗد۔؟

دَنہٕ داس :- بوزان چھُکھو ناکوٗت گٹہٕ کار ووٗتھ۔

طوطہٕ :- اے مالکھ ! کتھ بیٹھ ؟ کیاہ زِ۔ ڈلیل کیا چھے ؟

دَنہٕ داس :- اے طوطہٕ یہٕ کیا وَنے تہٕ ژٕ کیا بوزکھ۔

طوطہٕ :- اے مالکھ وَن ، ممکِن چھ یہٕ ہیکے مَدتھ کرِتھ۔

دَنہٕ داس :- اے طوطہٕ ژٕ چھکھ موٗدر موٗدرِ بڑیہٕ کھیوان۔ بادام گوچھا چھکھ
زانہہ اُسس تراوان یتھ عقل بڑاہی۔

طوطہٕ :- اے مالکھ اَکھ لوکٹ پنچھی چھ لوکٹ عقل تھوان بے شک۔
مگر ممکن چھ مَدد ہیکہ کرِتھ۔

دَنہٕ داس :- اڈں۔ وَن ژٕ چھکھ عقلِ منز بوڈ کُنہٕ دانا وزیر۔

طوطہٕ :- کُس دانا وُزیر۔

دَنہٕ داس۔ مہاراج وکرم سُند ژیٹھ وُزیر۔ دانا وُزیر۔

طوطہٕ :- اے مالکھ ! سہ چھ کیوٗل مشہوٗرِ دان۔ پُستکہٕ پوٗرمُت تی بادان۔
یہ نمَن لیکھِتھ چھ۔ دھرم تہٕ رِواَیتھ پالان۔

دَنہٕ داس :- تیٚلہِ وَن ژٕ چھکھہٕ گاٹُل کِنہٕ مہاراج وِکرم؟

طوطہٕ :- اے مالِکھ! وِکرم چھُ راز تہٕ بہٕ اَکھ پَننس۔ راز یُودوے پیٚیٚرہ سأری طوطہٕ بنیہٕ مارنأ دِتھہ۔ میٚون طاقتھ چھُ وُچھ تُلنہٕ ژٕلنُ۔

دَنہٕ داس :- تیٚلہِ وَن دانأو زبرَس تہٕ ژٕ ییٚتہِ مَنٛز کیاہ فرق چھےٚ۔

طوطہٕ :- سُہ وَنان پُستکَن ہُنٛد گیان تہٕ بہٕ وَنہٕ تی یہ ہیٚچھنا ونہٕ ہمہٕ۔

دَنہٕ داس :- تیٚلہِ کُس چھُ بوٚڈ۔ سُہ کِنہٕ ژٕ۔

طوطہٕ :- سُتہِ دِوان مَشوَرٕ تہٕ بہٕ تہِ دِمہٕ مَشوَرٕ۔

دَنہٕ داس :- تہٕ فأصلہٕ؟

طوطہٕ :- اے مالِکھ! ییٚلہِ نہٕ آزاد آسہِ سُہ کیا فأصلہٕ دِیہٕ۔

دَنہٕ داس :- یُودوے ژٕ میٚے رُت مَشورٕ دِتھ بہٕ کرَتھ آزاد وُنی۔

طوطہٕ :- اے مالِکھ! وَن کیا تکلیف چھےٚ؟ کُس مَسلہٕ چھُے مَشورٕ طلب؟

دَنہٕ داس :- طوطہٕ! میانہٕ ٹاٹھ طوطہٕ! میٚے پھرِے بہٕ پَنہٕ نی زٕو۔

طوطہٕ :- اے مالِکھ کیتھ کِنہٕ؟

دَنہٕ داس :- میٚے یہ سوٚچُن وُچھ تہٕ بوٚزمُے نگرِ کین زٕٹھن نش۔

طوطہٕ :- تمہِ سِتنہٕ۔

دَنہٕ داس :- کَتھ زیٚچھے یہ، تمو کُھلأ دِکتھ تہٕ اَیہٕ اَبِجے گتہٕ رٕیٚنہٕ کھوٚت وَش بٕلی کہٕ ہیٚس دِیتہٕ مَس تمَن چھُ میٚون اُچھ کیتھ۔

طوطہٕ :۔ کیتھ پیٹھ دیتھس ہس۔

دَنہٕ داس :۔ سوٗ دورے پیہ داوا کرنہٕ۔ پگاہ چھےٚ راژس نش پیشی۔

طوطہٕ :۔ گژھ رٔٹِنہٕ کیتھ کوٚر داوا۔

دَنہٕ داس :۔ اَکھ ہَتھ سوٗنہٕ ٹینکین۔

طوطہٕ :۔ کیاز ؟

دَنہٕ داس :۔ مےٚ وُچھ تُمسُند نژُن سوٚپنس مَنز۔

طوطہٕ :۔ اَدٕ ؟

دَنہٕ داس :۔ سوٗ مَنگان ماوضہٕ۔ تُسہ کیتھٕ دِمس۔

طوطہٕ :۔ نژُن وُچھنک۔

دَنہٕ داس :۔ آ۔

طوطہٕ :۔ سُپد فاصلہٕ۔

دَنہٕ داس :۔ کیاہ ؟

طوطہٕ :۔ توٗ ہیہ گژھن دَربار۔

دَنہٕ داس :۔ پگاہ۔ راژس نش۔

طوطہٕ :۔ مےٚ رِنو سیتی۔

دَنہٕ داس :۔ ژٕ۔ راژٕ دَربار۔ ہاہاہا۔ ژٕ گیا کرکھ ؟

طوطہٕ :۔ فاصلہٕ۔ بیٚیہ تِلو سوٗنہٕ سُند اَکھ ہَتھ ٹینکی سیتی۔

دٔنہٕ داس:۔ تو نہٕ تُلمُ نہٕ۔ وُچھ کیا چھُ وَنان۔

طوطہٕ:۔ تُہی مہٕ کھوٗژِو۔ داوا زیٚنِو تُہی۔ بیٚیہٕ تُلو اکھ آنہٕ تہٕ سیٚتی، تہٕ سٕسپُد فاصلہٕ۔

دٔنہٕ داس:۔ کیا ؟

طوطہٕ:۔ آ۔ مأنِو میٚانٕز راے۔ کیٚنٛہہ تہٕ گژِھ نہٕ ضایہٕ۔

دٔنہٕ داس:۔ کیا ؟ یوٚدوَے مےٚ کنٛجوٗسن سٕہ نہٕ ٹیٚنکی ہتھ ہورُے۔ ئہ چیٖر ہوٚٹ۔ تیٚہِنزِ کٔڑے نوٚٹ۔

طوطہٕ:۔ اے مألِکہ! راژِ وِکرم سِنٛدِس پٔژِس نیٚایِس پیٚٹھ تھأوِو پَژھ۔

دٔنہٕ داس:۔ ٹھیک ہےٚ گوٚ۔ أتھۍ شرطَس پیٚٹھ، بوٗزِتھ دٔنہٕ داسٕس گژھِ نہٕ چھوٗنٛ آسُن کیٚنٛہہ۔

اگاشِس سوٗتان نہٕ پٔتہٕ یوان وارِ وارِ۔ کورَس آسان أڈی وُزیرِ مشوٗرِ دان۔ دَربأرۍ لُکھ تہٕ باقے کامہٕ کَرَن والۍ بیٚنے ہیتی۔ راژِ آسان تختَس پیٚٹھ بِہِتھ تہٕ دانا وُزیر آسان تَس نکھہ)

کورس:۔ راژِس آسُن جَجے کار
نیٚاے وَرتاوُن کَرُن وِہ لکار
راژِس آسُن جَجے کار

راژٕ وِکرمَس تھوٚد آدھیکار
راژَس آسن جَے جَے کار

ڈیڈی وان :۔ راژٕ وِکرم سُنٛد نیاے تہٕ اِنصاف پوٚشن اَنٛد وَنٛد۔

دانا وُزیر :۔ مہاراج! نیایہٕ موٗرتی ہِشنز آگنیا یوٚدوَے آسہٕ تہٕ دربار لگہٕ۔
اَزِچ کاروٲیی گژھہٕ آرمبھ۔

راژٕ وِہ تھان تھوٚد۔ ساری وِہ تھان تھوٚد۔

راژٕ بیٚہان، ساری بیٚہان۔

دانا وُزیر :۔ نگرِچ مشہوٗر گنیکا رٲینی اَپراجے کرِ پننٕ مُقدمہٕ پیش۔
راژٕ :۔ اَپراجے گنیکا رٲینی! اَتھ کیا مُقدمہٕ چھُ۔
دانا وُزیر :۔ یوٚدوَے آگنیا آسہٕ سعہ دَنہٕ پانے کُنہٕ خوفہٕ بَیہٕ تہٕ ہراسہٕ
ورأے۔ تِی چھُنے راژٕ دربارٕچ مَری یادا تہٕ رٕٲدایتھ۔
راژٕ :۔ اِجازتھ چھُس۔

( اَپراجے اَژان دَنہٕ داس طوطہٕ تہٕ طوطہٕ بَردار تہٕ
اژان۔ اپراجے اَکہٕ اَنٛد تہٕ دَنہٕ داس طوطہٕ بردار بیتر بیٚیہٕ
اَنٛدہٕ رٕوزان)۔

اپراجے :۔ مہاراج وِکرمَس آسن جَے۔ پادِ پرنام مہاراج۔
راژٕ :۔ ژٕ چھکھ گنیکا رٲینی۔

اپراجے :۔ مہاراج!

راز :۔ ژٕ تے ہوٗ تھٕ اسہِ زانہٕ پنُن نٔژُن۔

اپراجے :۔ مہاراج! توٚہہ چھِو میٚون نٔژُن بُڈٕ ہن دۄہَن تہٕ مائلَن بیٚہِتھ وُچھمُت۔

راز :۔ تیٚلہِ وَن اَز کیتھٕ کٔنی آیکھ؟

اپراجے :۔ مہاراج! ایتھہِ نگرکی بُڈی جوٚہری، بیاپاری تہٕ سوداگرن ہٕ دٕنہٕ داسَن

چھُہ میٚون نٔژُن وُچھمُت۔

راز :۔ گوٚژھہ نا وُچھُن۔ ژٕ ہے گژھ رٕنی چھکھ۔

اپراجے :۔ اَوَے مہاراج چھُس بہٕ اُمِس اکھ ہتھ سوٕ نہٕ ٹِشکو مَنگان۔

راز :۔ کیاز؟

اپراجے :۔ پنُن ماوضہٕ۔

راز :۔ دانا وُزیر! اُمی کیازِ دِیُت نہٕ اسہِ ماوضہٕ۔

دانا وُزیر :۔ راژن! ماوضہٕ چھُس گژھہِ رٕینہٕ دیُن۔ نٔژُن وُچھنک ماوضہٕ۔

دٕنہٕ داس :۔ مہاراجس اُرس پرٕنام۔ بہٕ کیٚتھہ ماوضہٕ دِمَس سٕتے وُچھائی سُند

نٔژُن سوٚپنس مَنز۔

باقی ساری :۔ سوٚپنس مَنز، سوٚپنس مَنز۔

دٕنہٕ داس :۔ تتھٕ کُس ماوضہٕ دِمَس۔

راز :۔ کیازِ نہٕ۔

دَنہٕ داس:۔ مہاراج ! کیاہ زِ کتھہٕ کٔر۔

راز:۔ پگاہ وُچھکھ ژٕ سوٚپنَس مَنٛز راز بنیومُت۔ اُسی دِموہ بَنہٕ۔

(ساری اَکھ تَراوان دانا وزیرَس سۭوٲے)

داناوزیر:۔ خاموش۔ خاموش۔ مہاراج اِتھہٕندِ حُکمُ چھُ یُس پٔرنہٕ طرفہٕ چھُ گوشراونہٕ آمُت زِ راز وِکرم سُنٛد نیاے گژھہ تیوٚت تھٲوُن لایق آسُن زِ سوٚپنَس مَنٛز تہٕ گژھہ نہٕ کانٛہہ کانٛہہ ظلُم سپلان وُچھُن۔

راز:۔ تہٕ چھُ راز وِکرم سُنٛد آدرشس۔ نیاے۔

اپراجے:۔ تیٚلہِ کیاہ زِ وُچھ دَنہٕ داسَن سوٚپنَس مَنٛز سیون نٔژُن تہٕ ماوٕنہٕ دِیُن نہٕ۔

راز:۔ آ۔ آ۔ دِیُن پیٚیس۔ نتہٕ روزِ راز وِکرم سُنٛدس نیایَس تہٕ اِنصافس پام۔

دَنہٕ داس:۔ کیاہ زِ دِیَس؟

طوطہٕ:۔ ضوٚرۆر دِموس!

راز:۔ یہ کُس چھُ۔ یہ کَمی ہُنٛز آواز؟

دَنہٕ داس:۔ مہاراج! یہ چھُ میون مَشوٗرہٕ دان طوطہٕ۔

راز:۔ طوطہٕ! طوطہٕ! ییتہٕ کرِ تون دَفا۔

دَنہٕ داس:۔ مہاراج! یہ چھُ میٚون دانا وُزیر۔ ییٚلہِ نہٕ تھی یٔنُن دانا وُزیر

تژاوِ ژُون۔ بٔتہ کرن نہٕ یہ دَفا۔

رازٕ :۔ کُنہٕ نژُگُر۔ کَڈ گَتہٕ رَینہٕ ہُنٛد ماوضہٕ۔ اَکھ ہتھ سوہٕ ٹُلنکی۔

طوطٕ :۔ اے مٲلکھ! اَسہٕ چھُنہٕ کانٛہہ حَرجہ۔ اَسی تھاوَوس یہ رُقم اَنَس بٔرِوٗنہہ کُنہٕ۔

( دَنہٕ داس اَنہٕ رازس بٔرِوٗنہہ کُنہٕ تھاوان تہٕ تتھ بٔرِوٗنہہ کُنہٕ گوہ ژٕدا)

دَنہٕ داس :۔ مہاراج! وُچھو یہ گوٚ رُقم یتھ اَنس بٔرِوٗنہہ کُنہٕ۔

طوطٕ :۔ اَپراجے! گژھ نہٕ پَنٛن رُقم۔

اپراجے :۔ آ۔ زَنہٕ نا۔ پَنٛن ماوضہٕ تہٕ حق۔

( سوہ پکان بٔرِوٗنہہ زَنہٕ خٲطرٕ)

طوطٕ :۔ مگر سُہ رُقم یُس ژِنٛے اَنَس مَنٛز چھےٚ یوان بوزنہٕ۔ سُے چھُے ژِنٛے نیُٛن۔ اَنہٕ مَنٛزِیُم رُقم چھُ چوٚن ماوضہٕ تہٕ حق۔

اپراجے :۔ کیٛازِ۔ سُہ چھُ خٲلِص عَکس۔ مایا۔

طوطٕ :۔ چوٚن ژِژُن تہٕ چھُ سوٚیَکس مَنٛز آمُت وُچھنہٕ۔ سُہ تہٕ چھُ خٲلِص تہٕ شوٗد عکس۔ مایا۔

( باقٕے ساٲری تھوٚد ووہ تھان)

باقٕے :۔ واہ! واہ!! کُیٛا فٲصلہٕ۔ کیا نیٛاے!

داناوُزیر :۔ مہاراج وِکرم کیا چھ ووہ دِوَنان؟

راژ :- یہ طوطہٕ کرٕیُون دَفا؟ اُمِس کتہٕ آپہ زِو- یہ بوٚد-

داناوٗزیر :- مہاراج ! اُمی دیُت پوٚرٕ تہٕ پوٚز فاصلہٕ- نیاے- یہ طوطہٕ گژھہ رُچھنہٕ یُن-

دَنہٕ داس :- اپراجے رٕوان کو نہٕ چھکھ یلنُن حق اُنہٕ مَنٛزٕ-

اپراجے :- کیا رِمہٕ- عَکس کِنہٕ شرمندگی-

طوطہٕ :- تیٚلِہ کَتھ کوٚرُتھ داوا- مایا یہٕ- عکَس- اَپزِس- کِنہٕ اہنکار چھےٚ-

داناوٗزیر :- اے دَنہٕ داس- یہ طوطہٕ دِن ژٕمےٚ- بٕہ ہمَن مُلی-

راژ :- نَہ بَا نَہ !! یہ کھیاوُن ویٚہہ-

داناوٗزیر :- مہاراج- تہٕ چھوٕ نیاے موٚرتی- تہندِس راژ کالس مَنٛز ہیہ نہٕ کانٛسہِ عرستہ اَنیاے وَرتاونہٕ- یہ پنٛکھی کیا زِ کھیا دون ویٚہہ-

راژ :- اُمِس طوطِس چھےٚ سیٹھا تیٚہہ- اُمِس وُچھِتھ چھُس بٕہ کانٛشیان-

داناوٗزیر :- بَلہِ ویرہٕ راژ ! پرما کرمی راژ- مہاراج وِکرم چھا اَکِس موٚلی طوطِس وُچھِتھ کانٛشیان-

باقےٚ- (اتھوٚد وُتھِتھ) مہاراج ! یہ کیا چھ اَسی بوزان-

راژ :- یا ہیکہٕ یہ طوطہٕ نیاے وَرتاوِتھ نتہٕ بٕہ-

داناوٗزیر :- مہاراج- یہ نمَن بٕہ یَنٛن گرٕ- بَلکہٕ پلیم ہیے بٕہ تراون یلہٕ-

راژ :- نہ- یَلہٕ گژھہ نہٕ ہرگز تراوُن- زانٛہہ نہٕ-

داناؤزیر:- تیلہِ مہاراج ! رٕچھن ۔ رٹِو دَنہٕ داس تہٕ طوطہٕ تُشند موٚل۔

(دَنہٕ داس وۄتھان تہٕ داناؤزیرس نِش سوٚنہٕ تُشند

کوٚر رٹان لیس ؤزیر نٕہ منشر کڈان)

وۄنی چھُس تہٕ اُمی تُشند مالکھ۔

طوطہٕ :- داناؤزیر تہٕ دانا طوطہٕ۔

ساری :- دانا طوطہٕ !

دَنہٕ داس :- مہاراج ! وِکرمس اُسن جے جے کار

( اَکھ ؤزیر اَنان اَکھ بوڈ پیٹھہٕ تہٕ دِوان داناؤزیرس کن)

داناؤزیر :- مہاراج ! پننہٕ راژ موہر دِیو

( راژ تَس تھتہِ تھتہِ وُچھان)

پننہٕ واج دِیو یتھ فاصلہٕ نامس پیٹھ ترٛاوو۔

راژ :- (اوٚنگجہِ وُچھان) کتہٕ چھےٚ کوسہ ہش۔

داناؤزیر :- مہاراج توہہِ آسہِ منٛزی مہ اوٚنگجہ لاگیتھ۔

راژ :- (اوٚنگج خالی وُچھتھ) کتہٕ چھےٚ۔

داناؤزیر :- مہاراج ! تاجُب چھُا ! توہہِ چھِنا سوٚ لاگیتھ۔ مہاراج وِکرم

چھُنہٕ سوٚ واج کُنہِ جایہِ ترٛاوان۔ کاٚنسہِ تہٕ بخشان۔

راژ :- تیلہِ گوٚ وٕشیہِ سوٚ بخشاٚو۔

دانا وزیر :۔ ہانٛہہ کرٛس ! ماہرا سوٚ چھنےٚ راژ موہ ہر۔ سوٚ ییٚنہٕ تہٕ پٔنٛس پیٚٹھ پیٚیہٕ
سُہ گوٚ تہنٛد حکم تہٕ فٲصلہٕ۔

راژ :۔ اَفسوٗس ! سوٚ بخش۔ داہ دِنہٕ والین۔ تِیہٕ وٗلس مُنٛز۔

اَپراجہٕ :۔ راژن ! فٲصلہٕ دِیت طوطَن۔

باقے :۔ دانا طوطَن۔

اپراجہٕ۔ اَسہٕ کیا کرُن وۄنی فٲصلہٕ پٔٹھس۔ اُرِن اَسہٕ اِجازَتھ۔

( دُنہٕ داس۔ اَپراجہٕ نیران۔ طوطہٕ بَردار بیٚہان پَتہٕ کُنہٕ )

دُنہٕ داس تہٕ اَپراجہٕ۔ راژس اَسِن جےٚ جےٚ کار۔ وِکرم راژس جےٚ جےٚ کار۔

( زنانہٕ وُدن گرٛژھان۔ سُمیرا تہٕ کینٛہہ داس اَژان
تَس سیٚتی سُمیرا وُدان وُدان پِوان )

سُمیرا :۔ مہاراج ! مہاراج !!

راژ :۔ یہٕ کمی سُنٛد وُدُن۔

دانا وزیر :۔ مہاراج وِکرم چھِنا اَکِس اَبلا زنانہِ ہُنٛد وُدُن ہیکان
پَرزٕناوِتھ۔

راژ :۔ آواز چھم دِیز مگر وِلاپھ کوٚسہٕ چھنےٚ کران۔

دانا وزیر :۔ مہاراج ! تُہی چھوٕ نا پرزٕناوان۔

سمیرا :۔ مہاراج ! تُہی آو ِ تِیہٕ وُنہٕ پیٚٹھہٕ واپس مگر میٚون شیر تاج سنٛجے

داسس کتہٕ چھُ ؟

(راز مُنزِ مُنزٕ وۄتھان تہٕ بیٚہان)۔

راز :۔ تہٕ چھکھ شمیرا۔ ژٕ کوت آیکھ یور۔ مےٚ سوٗزی چانہٕ باپتھ سۄتھ رُتھ سونہٕ رۄپہٕ بُرِتھ داسس پٔری۔

سمیرا :۔ مےٚ کیاہ چھُ سونَس رۄپس کرُن مہاراج ! میون سینٛز داس کتہٕ چھُ۔

راز :۔ سینٛز داس کتہٕ چھُ ! سینٛز داس ! راج بوٗگان۔ سۄ رِگ بوٗگان۔ تۄہہِ وُنہٕ دِیُت مےٚ تمِس داہ۔ سُہ گوٚ سۄرگواس۔

سمیرا۔ ہاے میانہٕ بھتو۔ میوٚن شیر تاج کتہٕ تھوو وَن ؟

داناوُزیر :۔ اے دیوی ! یُس سۄرگواس سپدِ تُس لگہٕ نہٕ راز دربارس مُشر ماتم کرُن۔

سمیرا ہٕ ہندی سیتی واٚلی :۔ مہاراج ! سۄرگہٕ واسہٕ سینٛزٕ اَسترکہٕ کتہٕ چھےٚ۔ اَسی نمو کھ داسس پٔری۔

راز :۔ دانا وُزیر ! سینٛز داسہٕ اَسترکہٕ چھےٚ تۄہہِ وُنہٕ سے مُشر۔

داناوُزیر :۔ راژن ! سوزون کانٛہہ۔ مگر تُس کتیتھ آو داہ دِنہٕ۔ کُس چھےٚ خبر۔

شمیرا :۔ میانہٕ سینٛز داسو۔ لگیو داسہٕ کٕشیے۔

راز :۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ شمیرا ! ژٕ مہٕ بامبر۔ اَسی سوزوے ژےٚ تمہٕ گرٕ۔ ژٕ مَتہٕ کرِتہٕ وِلاپھ۔ اوٗش مَتہٕ ترٛاو تہٕ۔ سینٛز داسُن

مکانہٕ پیٹھ سوٗنہٕ سیرِ پوٚسلنٛتی بناونہٕ۔ داس پرٛی منٛز پیٹھ نوٚ رازٕ دأنی
بناونہٕ۔ چون گرٕ بنہٕ راز محل۔ سمیرا ژمہٕ بامبر گژھہ گرٕ واپس۔
سوٗرے کوٗرس پتہٕ نیو پتہٕ نیو جایو پیٹھٕ تھوٚد وۄتھان۔
تمہٕ بنان زٕ ترٛٚو مبرٕ زنتہٕ الگ پأٹھی مشورٕ کران۔ دانا
وزیر لوان پتھ سٹیجس )۔

دانا وزیر:۔ یہ چھا وِکرم رازس شایان زبان۔ میانہٕ دیہہ۔ یہ چھُ پکہٕ
سنجے داس۔

کوٗرس:۔ یہ چھا رازٕ وِکرم ونان؟
یہ کوٚت سنگھاسنہٕ پیٹھٕ وتھی وتھی گژھان،
یہ چھُنہٕ وِکرم؟
یہ بناوِیا بِشاکھہ رازٕ دأنی؟
رازس ما چھُ بودِ ناشس گومُت۔

( دانا وزیر پوٚت پھیران )

رازٕ:۔ دانا وزیر۔ ( زنتہٕ وَدان ) یہ سمیرا سوزُن داسس پرٛی واپس۔
یہ چھنے منے وَدٕناوان۔

کوٗرس:۔ بلہٕ وان وِکرم چھا وَدان۔
تیٚشاے موٚرتی وِکرم چھا بزدِل بنیومُت۔

دھرمانما راژ وِکرم چھا اُمِس دایہ کچہ ڈے گومُت۔

(سَدارنگ تہ اُدارنگ۔ ہیُور سٹیجس کھسان۔ سُمیرا یہ سیتی آمتین داسن تہ تمن سیتی لوکن کُن نظر کرتھ)

سمیرا یہ ہندی سیتی وأل :- سنجے داس! اسانہِ سنجے داسہ!!

راژ :- سُہ مُود تَس دیُت منے داہ! (راژ زنتہ تژہران۔ کھوژان)

سُہ کتہِ پیہ سنجے داس۔

(سدارنگ تہ اُدارنگ واپس پتھ کورَس سیتی زلان)

سمیرا :- میون سنجے داس کتہِ پیہ دوبی۔ سُہ کھیو تیہ وُنی۔ کیا گوم۔

(راژ گرژھان سُمیرا یہ نکھہِ۔ تَس تُلان پھیکہِ زٹیتھ نفود۔ ژ ژونز اکھ زاَلِ پنجر پَردِ ہیتھ اَژان تہ پَردَس پتہ پتہ پیھانکی۔ سو چھنے پَردس پتہ کنہ کورَس سیتی منز سٹیجس نکھہِ راژس کُن وُچھان)۔

کورس :- یہ چھا راژ وِکرم اُمِس داسہ کچہ تسلا دوان۔

سَدارنگ :- یہ چھُ داسہ سنسکارُو بَرتھ۔

کورس :- داسہ کرتوت ورتاوان۔

اُدارنگ :- یہ چھُ تخیُل! طوطہِ دژاو اُمی سندِ کھوہ تہ گاٹُل۔

سَدارنگ :- داتا طوطن ورتوو گاٹہ چسار۔

سُمیرا :- راژن۔ میثون سنجے داس۔ وائے وائے۔

راژ :- ایکانت۔ دانا وُزیر۔ بہٕ دِمہٕ سُمیرا یہٕ ایکانتس مُنثر تُسلاہ۔
(کورس پوّت پھیرِتھ ہیوٚر سٹیجس کھسان۔ دانا وُزیر تہٕ طوطہٕ بَردار نیران۔ مہارٲنی تہٕ پرٕد تتی تھٲے)۔

راژ :- سُمیرا! چون سنجے داس مُرِتھ۔ ہَرگز مُرِتھ۔

مہارانی :- میانہٕ بڈِ بھگوانہٕ! یہٕ کیا چھس بہٕ بوٗزان۔ وِکرم چھا اَمس داسہٕ ترٕ یہٕ مارے بَران۔

سُمیرا :- میون سنجے داس! بہٕ کیا وَنہٕ پَنہٕ نین شرٕ بن ؟

راژ :- سُمیرا! ژٕ چھکھ راژ راٹنی !! بہٕ بناوٕ چالِس ناوس پیٹھ نوٚو نگر۔ سُمیرا نگر۔ !!!

سُمیرا :- مگر میثون سنجے داس ما آو واپس۔

راژ :- سُمیرا! سُہ مُرِتھ۔ بہٕ تھاوَن چون سنجے داس زِندٕ۔ سُہ چھُہ ژےٚ نِش۔

مہارٲنی :- میانہِ دَیہ۔ بہٕ کیا چھس ڈیشان۔ بہٕ کیا چھس پَنہٕ نیو کنوٚ بوزان۔
(راژ سُمیرا یہٕ نکھہ یتھ زِنہٕ تسَ ڈیکس میوٚکھ یِرھان کرُن)

سُمیرا :- راژن! یہ کیا !! تہِ کوٚت . . . . بہٕ چھس داسہٕ کرا ہیچ۔ میٚے ژٕ اوٚد یِلہٕ . . . . کیا گوم . . . . راژن . . . . وائے . . . . میانہٕ سنجے داسہٕ . . . . بہٕ کنھ تاوِنس لاٗجنھس۔

راز :- ژٕ چھکھ میانٕی۔ بٕ بخشے ژٕ بیٚیہ تہٕ یہ ہٕ سوٗنچنہٕ ہیکہ۔ چھاو میٚے سیٚتھ راجیُٛت۔

سُمیرا :- رازن! تھی کیا وَنان؟ بٕ چھس تُہند بن کھوٗرن ہُنٛد کھوٗربانہٕ۔ پاٚنزارک مَل۔

(سُمیرا دِوان یَل تہٕ ژٕلان لوٚب کُن)

ہاے میانہِ بھتو! میانہِ بھتو!!

مہارأنی :- ووٚنی کیاہ رُود پَرٕ۔ میانہِ اِیشرٕ! یلیہِ کھوٗتہٕ بَدتر چھامیٚے اُچھو ڈیلیشُن۔ وِکرم رازس وُژھ پیٚشر دِوان۔ دَربارس مَنٛز لوٗگ اُمس نیٚژٕ داسہِ کِنِہ مَنہٕ ناوتہٕ۔

(مہارأنی زَنتہٕ چکر پِوان۔ سو نیران گیران گیران۔ راز بیہان سِنگھا سَنَس پیٹھ بیٚیہِ۔ داسی تہٕ زُمانٛژ پٕنجرٕ پَردٕ تہٕ نیران)

راز :- سُمیرا! بٕ بناوتھ ژٕ ـــ راز رأنی ـــ یِنٛہنی پیٹھٕ مأنی۔

سُمیرا :- یہ چھینہٕ تہٕ ہہِ شوٗبان۔ بٕ چھس رأدہژ۔ ویدواہ۔ دُنہٕ چھم نہٕ تَس دوہ تہٕ ہیٚتی ہتی۔ بٕ چھس ژون موصوٗم شرٛپن ہٕنٛز مأج۔ میٚے چھ شرک رَچھنہ۔

راز :- تِمَن رَچھِن سانہ دابہِ۔ ژہ ژٕ تہٕ داس۔ بٕ کرناوتھ ژٕ راج۔

ووہ یِکھ یِتھ سِنگھاسَن پیٹھ بیٹھہ۔ پرٛنزِ پوٚشہٕ۔ یِکھ چاٛنی
ساٲری باٲے بَناوِکھ وٚزیر۔

(سُمیرا ہیوان کَنَن ٹھُپہ دِنہٕ تہٕ ہیوان نیرُن)

سُمیرا:۔ نَہ۔ نَہ۔ رازَن یِہ مہٕ وَنِو۔ بہٕ چھِس یِتہٕ ژھے جان۔ بہٕ نیرہٕ۔

(راز گژھان زَن تَس رَٹنہٕ)

راز:۔ بہٕ دِمے نہٕ نیرنہٕ۔ ژٕ چھکھ میٛانِس سِنچے داسِنی سُمیرا۔ مےٚ
چھُ چون انگ وٚیود۔ ژٕ مہٕ وَد۔

سمیرا۔ نَہ۔ نَہ۔ بہٕ کیا چھِس یِہ گٔژھو بوزان۔ میٛانہٕ دِیہ۔ یِہ چھا سون
راز۔ پرزایہ ژٕھ۔ لُکہٕ پالک راز۔ کِنہٕ اُمِس چھےٚ کامہٕ
دِیون وَنہٕ واجِب۔

(سُمیرا ژٕلان۔ راز تَس کھسان ژٕکھ)

راز:۔ ہُنِہ ما ژٕج! ژٕکرِ چھِس نہٕ بُچھی بانہٕ۔ بیٚیہ کھینہٕ چوٚنٹھ۔

(گاش سوتان۔ راز نیران۔ مۄسیقارو ورٲے کورَس
وَسان بوٚن سٹیجس۔ اَتھ گژھان ترٛےنے حِصہٕ۔ منٛزَس
سَتھ ژٕنی روزان زَنتہٕ سَتہٕ ریٚشی۔ اَکِس اَندس مَنگَن واٚلی
(دُعایہ خار) دوٚیمہِ اَند بھکھتی۔ منگن وٲلی منگان۔ سَتہٕ
ریٚشی تھتھاشنوو ونان تہٕ یِتہٕ بھکھتی زنتہٕ لیلایہ پران۔ گاش

وارٕ وارٕ یِمَن پیٹھ یِوان۔

کورس:۔ ہی زٔگہٕ پاگ ! پرمیشور

سنکٹہٕ مُشٕرکڈ ! راژس پٔژزایے

تھٔھا ستو !!

دٔیمس رٔحم کر راژس پٔژزایے

تھٔھا ستو !!

اَلِتھ زٔلِتھ کاس راژس پٔژزایے

تھٔھا ستو !!

زِشکس تہٕ سنکٹ کاس سارِنے

ہی زٔگتی شعور !

غمو فِکرو تہٕ اَنٛدیشو مُشٕرکڈ سارِنے

ہی زٔگتی شعور !

بیٛیہ مُشٕر زے کر

ہی زٔگتیشور !

بُڈر ڈیرٕ سیر کر ؟

ہی زٔگتیشور !

وانٛژ خدایہٕ گر

ہی زٔگتیشور

ہُر بر تہٕ پۆرِ بر
ہی زگیتیشوَر
گو لائیک رنگ تہٕ پوشلادِ چ سپری تھاو لوکَن۔
تھَا ستو!
سُبزُک سَبزار تہٕ باغک بہار ہاو سارِنے
تھَا ستو!
گَشٹہٕ کاس لوکَن
ہی اِشٹہٕ دیوی
راضی روز لوکَن
ہی اِشٹہٕ دیوی
دَیا کر لوکَن
ہی اِشٹہٕ دیوی
دگیوان گیوان کورس نیران۔ صرف روزان ڈیڈی وان،
داسی بہ تہٕ ژوتز۔ گاش سونتان پتہٕ بوان دارِ دارِ۔
مہاراُنی آسان طوطس برۆنٹھہ کنہٕ ژنتہٕ دِیان۔ پتہٕ
پوان پلنگس کُن تہٕ اُچھ چھس طوطس کُن آسان۔ دانا
وُزیر اژان)

داناوزیر:۔ راز ماتا ! نمسکار !

مہارانٔی:۔ آدھیکار۔ میون طوطہٕ چھُسہٕ راتھ شامہٕ پیٹھہٕ اَن زَل کھیوان۔ نہ چھُ بول بوشس کران۔ دانا وزیر ! اُہس کیا سپدُ ہنگتہٕ منگہٕ۔ ییٚنہٕ کیٚنہہ سپدِ۔

داناوزیر:۔ کھوٗژمُت کوٗرمُت ما چھُ ؟

مہارانٔی:۔ مےٚ چھُ وَہمہٕ ییٚنہٕ کیٚنہہ ناکارٕ آسہٕ ڈیشُن۔

داناوزیر:۔ اُمی ما چھُ جایہ بَدلی ہُند ہیٚوتمُت۔

مہارانٔی:۔ یہ اوس مےٚ سیتی موٗدُر بول بوشس کران۔ ہنگتہٕ منگہٕ گوٗ خاموش۔

داناوزیر:۔ یہ چھُ آسترٕ۔

مہارانٔی:۔ سوامی وِجیا نندن چھُ تاکید کوٗرمُت زِ یتہٕ نہٕ اُمس کیٚنہہ کبٔتُت سپدِ۔

داناوزیر:۔ ماتا ! یہ ما چھُ کُنہِ موٚحسوس کران۔ ڈٔنوہے بٔہ سوزَن پنُن طوطہٕ یوٗرِ۔

مہارانٔی:۔ تُمس وُچھتھ کھیٚیا اَن زَل۔

داناوزیر:۔ مُمکن چھُ۔ سُہ چھُ کُلس زیوانان۔

مہارانٔی:۔ اَچھا ! اَنِتھُو ون تتھ

داناوزیر:۔ اے داس ! ژٕ گژھ سون گرٕ۔ تتہٕ اَنہٕ ناوُن ژٕ میثون ٹوٹھ طوطہٕ یوٗرۍ ہینہٕ پنجرٕ مَنٛزٕ یلہٕ گژِھ۔

داسی:۔ مہارا ! وُنۍ اَنہٕ ناوَن۔ ژٕ اَنَن۔

(داسی نیران)

مہارانی:۔ مےٚ چھ پھوٚر وُتھی وُتھی گژھان۔ کھوٚر اُچھ تہٕ چھَم پھوران۔

داناوزیر:۔ راج ماتا ! وَسواسیچ چھِنہٕ کانٛہہ کتھ۔ نیٚشی بوٚد ڈینٛکھی آسہٕ کیٚنٛہہ دود دگ۔ باَوتھ ماچھ ہیکان کرِتھ۔

مہارانی:۔ ہینہٕ اُمس کیٚنٛہہ گژھیم۔

(بیٚاکھ داس اَژان)

داسی:۔ راج ماتا ! مہاراج وِکرم چھ یوٗرۍ تشریف اَنان۔

(راز اَژان)

مہارانی:۔ مہاراج وِکرمس اُمن میون جے جے کار۔

راز:۔ نمسکار ! مہارانی کیاز چھیے از وۄدٕسی، غمگین۔ ماںٛہہ ۔۔۔ وَنٛنٛ داوی۔ مہارانی کیاز تھاٚنتھرے بٕڑہش۔

داناوزیر:۔ راژن ! راجماتایہ ہنٛد طوطہٕ چھِنہٕ اَن زَل کھیوان۔

راز:۔ کُس طوطہٕ؟

مہارانی:۔ یہ میثون طوطہٕ ! ہتھ پنجرُس مَنٛزٕ۔ سورُے بول بوش چھُس موٹھمُت۔

پہ اوس داڈس واد کران۔

راز:۔ یہ کونہ چھوون یلہٕ تراوان۔ پھیپر تھو۔

مہارانی:۔ یہ چھ منے ٹوٹھ طوطہٕ۔ نہ چھُت۔

راز:۔ (شرارتہٕ سان) میانس راز محلس منز گژھہ نہ کانہہ طوطہٕ آسُن۔

مہارانی:۔ یہ چھ نیشی بوٗد طوطہٕ من بہلاوان۔

راز:۔ من بہلاوان۔ رکنہٕ۔ رکنہٕ۔ آپہٕ ہاوان۔ نیشلے ورتاوان۔ واے تدبیر ونان۔

دانا وزیر:۔ رازن سٕہ چھ دانا طوطہٕ۔ میون طوطہٕ۔

راز:۔ پزرتھ کانہہ طوطہٕ گژھہ مارتھ نیشُن۔ وینہہ کھیاون۔ میشانہٕ حکمہ ستی۔

داسی:۔ راج ماتا! طوطہٕ۔ طوطہٕ لاریو پنجرس۔ یہ گوٗ شاید مرتھ۔

راز:۔ واہ! واہ! طوطہٕ گوٗ مرتھ۔

مہارانی:۔ ہئے کیاہ گوم۔ داسی کیا چھکھ ونان۔

(طوطس نش گژھان)

ہرگز نہ۔ ہرگز نہ۔ یہ گژھہ نہ مرُن۔ اوہ میون ٹوٹھ طوطہٕ۔
ٹوٹھ طوطہٕ۔ امس کیاہ گوم۔ کیاہ گوم۔

(بےٚ ہوشس گڑھتھ پلنگس پٮ۪ٹھ یوان لاگنہٕ)

داسی ییہٕ :- راج ماتا! راج ماتا!

داناوزیر :- راج ماتا! راژن! راج ماتاہٕ آو وُٹارہٕ۔ یہٕ گیہٕ بےٚ ہوش۔
اَمی سُنٛد طوطہٕ گژھ نہٕ مرُن۔ یہ چھُ امہٕ رٔژھمُت۔ یہٕ چھُ اَمس
ٹوٹھ طوطہٕ ــ راج ماتا۔ راج ماتا۔

(راژہٕ مہارأنی نزدیکھ یوان)

راژہٕ :- مہارأنی! ٹاٹھ مہارأنی!! نہٕ یہٕ گژھ نہٕ بےٚ ہوش۔ داسی!
مہارأنی اَنِو ون ہوشس مَنٛز۔

(بعض سٕلیچس کُن یوان تیزی سان)

یوٚدوے اَمس کیٚنہہ گو، میٲنی ہوٚس تہٕ اَرمان کتہٕ نیرن۔
مےٚ چھُ اَمی سُنٛد شُریہ چھاوُن۔ سوہ کٔم لوگُن۔

(مہارأنی نِش یوان)

داناوزیر :- راژہٕ ماتا! ہوشس مَنٛز ییو۔

راژہٕ :- بہٕ کرَن رٔژھ کھٔنجہٕ مہارأنی ہُنٛد طوطہٕ زِنٛدٕ۔

داناوزیر :- راژن! توٚہی کیتھہٕ کٔنی کٔرِوِن یہ مٔدٕ ڈیٛنکھی زِنٛدٕ۔

راژہٕ :- میون رُوکھ اَمیٚ سُنٛدِس شُرِس مَنٛز پژاوِش تہٕ یہٕ گژھ
نوِ سرٕ زِنٛدٕ۔

دانا وُزیر :۔ تُہی !

راز :۔ آ۔ بہٕ۔ یہ میون شُرپر چُھےٚ حَوالہِ۔ وُچھ طوطہٕ گرٕژھ زِندٕ۔ تہٕ مہارآنی گژِھ خوش۔ پرٕژن۔ پتہٕ ییہِ میون زُد بیٚیہِ واپس
راز ہٕ شُر یرٕس مَنٛز۔

(راز ہٕ تشاوان فرشس پیٹھ پان)

وُچھ گیہِ کاسے بدلی۔

(داسی، اَدارنگ، سدا رنگ۔ طوطہٕ تہٕ طوطہٕ بَردار اَژان)

اَدارنگ :۔ دانا وُزیر ! تُہنٛد دانا طوطہٕ اوٚن اَسہِ یوٚری۔

دانا وُزیر:۔ رٕژھا گوٚ ژیر۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ ! یہ راز ہٕ شُر یرٕ چُھےٚ میون اَصل شُر یرٕ۔ بہٕ یِیے
اَتھ مَنٛز واپس۔

(موسیقی پیٹھ طوطہٕ سٕنٛز بوٚلی)

داس :۔ راج ماتا ! تُہنٛدِس طوطس پھیوٚر زُو۔

دانا وُزیر:۔ کُس چُھ اَصلی۔ مہاراج وِکرم کُس چُھ اَصلی۔

طوطہٕ :۔ بےٚ چُھس وِکرَم۔ اَصلی وِکرَم۔ آسےٚ پننِس شُرٕ یرٕس مَنٛز
واپس۔ وُچھ کاسے بَدلی۔

اَدارنگ :۔ اے دانا وُزیر۔

سدارنگ :۔ یہِ چون طوطہٕ گو پنجرس مشر زنتہٕ شٹھنہ۔

(راز نٔھوٗد دوہ تھان)

راز :۔ کُس کُس چھُویتہٕ۔ ہے امبھی۔ امبھی۔ امبھکا دیوی۔ ژٔے کیا چھے سپُدمُت۔ اے وُزیر۔ او داسی! مہارانی۔ امبھکا دیوی کیا سپُد۔

(مٔوسیقی پیٹھ طوطہٕ بوٗلی گژھان)

دانا وُزیر :۔ ہے مہاراج! مہاراج وِکرم۔ یہِ کیا چھُس بہٕ ڈیشان۔

(مہارانی ہوش یوان)

مہارانی :۔ آ۔ آں ۔ ہاں۔ ۔ ۔

راز :۔ امبھکا۔ امبھکا دیوی! اُچھ ۂرر۔ ژٔ چھکھ راز وِکرمس کھوتہٕ مشر۔ مٔرر اُچھ۔

داسی :۔ راج ماتا! تہٕندِ طوطہٕ چھُ بول یوش کران۔

رانی :۔ وِکرم۔ میٲون وِکرم۔ آن۔ ہاں۔ کتہٕ چھُ میٲون وِکرم۔

دانا وُزیر :۔ اصلی وِکرم! ماتا! وونی چھُ یُنزی کِنی مہاراج وِکرم توہہ نِش۔

اُدارنگ :۔ مہاراج! دانا طوطہٕ گو مُرتھ۔ راج ماتایہِ ہٕندِس طوطس چھیوٗر جیس۔

سدارنگ :۔ دانا وُزیر! یہِ کوسہٕ پٔژ ژھ؟

مہارانی :۔ وِکرَم ! میٹون وِکرَم !!

دانا وُزیر :۔ ماتا ! وَرٕت آو بَرابَر۔ یہِ طوطہٕ کرٕیون پنجرٕ مَنٛزٕ آزاد۔

راز :۔ کُس طوطہٕ ! یہِ چھُ سینٛجے داس !!

بلتِھی :۔ سینٛجے داس۔

راز :۔ آ۔ یہِ چھُ سینٛجے داس۔ کرٕیون اَمہِ پنجرٕ مَنٛزٕ آزاد۔ پھیرِ جَنگلہٕ جَنگلہٕ۔

دانا وُزیر :۔ مگر رازَن اَسہِ کوٚہہٕ یہِ راز ترٲوِ فِکرِ۔

راز :۔ دانا وُزیر ! ژےٚ چھےٚ نا یاد۔ سُوامی وِجیانندَن اوس اَسہِ وَردان دِیتمُت۔ مےٚ تہٕ سینٛجے داسَس۔ زِ بیٚلہٕ یِیٚترٕ ہوا اُسی اکھوٚ پَنُن زُو بِیٚیَن زُو ژاٹرَن مَنٛزٕ سانٛپنہِ تہٕ پتہٕ بیٚلہٕ۔ یِیٚترٕ ہو بیٚیہ پنہٕ نِس شرٕیرَس مَنٛز یِتھ۔ مگر سینٛجے داسَن کٔر اَسہِ سٟتی بے وَفٲیی۔ بَد دَغٲیی۔

دانا وُزیر :۔ کیٛاز ؟

راز :۔ مےٚ اوس پٔرٛتھ وِزِ شک زِ ژٕ کرٕکھ بےٚ وَفٲیی تِکیٛازِ ژٕ اوسُکھ مےٚ سٟتی وادَس واد۔ سَوالَس جواب تہٕ بحث کرَان۔ مےٚ اوس باسان زِ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ وِزِ کرٕکھ بے وَفٲیی تہٕ سینٛجے داس اوس پٔرٛتھ وِزِ سٟتی سٟتی رُوزِتھ صِرف چاپلوٗسی کران تہٕ مےٚ اوس باسان باوَفا۔ توٚے اوسُم لوٗٹھ۔

مہارانی :- وِکرم۔ ژٕ چھکھ پُزی پأٹھی وِکرم۔ میٖون وِکرم۔

راز :- اَمبھکا۔ ژٕ چھکھ میٖأنی۔ سنجے داسَن کوٚر تٔمۍ وُلنس مَنٛز میٚے سیٖتی ژھل۔ اَکھ طوطہٕ جوری اُس کُلِس پیٹھ ووٚلنس آہِتھ۔ اَتھی دوران آو اَکِس طوطَس شِکأری سُند تیٖر تہٕ سُہ موٚد۔ دوٚیِم طوطَن کٔر ژھرٕ ژھرٕٹ۔ میٚے گوٚو نہٕ برداشت۔ مَنَس آم زِ بٔڑژٕ کھٔنٛڈ رَنٛژٕ ناوون یہٕ طوطہٕ۔ وٚنُم سنجے داسَس زِ میٖون شٔریر چھُے حوالہٕ بہٕ ساڑیپے زُو طوطَس۔ میٖون شٔریر وُچھتھ بڑادو سنجے داس تَس وو تلیٖو راز بنہٕ نک ہَوَس۔ تٔمۍ ترٛوو پنُن شٔریر تہٕ بوٚرُن زُو میٖأنِس شریرس۔ پنُن شٔریر نیٖون زالِتھ تہٕ بہٕ روٗدُس طوطہٕ بنِتھ وُچھان۔ یوٚتانی اَکِ شِکأرۍ روٚٹنس زالِہ تہٕ گنٛنس دِنہٕ داسَس۔

مہارانی :- بے وَفا سنجے داس۔

راز :- تہٕ یہٕ وَفادار دانا وٗزیر! اَسہِ پزِ اَمی سُند سیٹھا مشکوٗر روزُن۔

ادارنگ :- تہٕ اَسہِ پزِ پننِس رازَس جَے جَے کار کرُن۔

سَدارنگ :- اَسِ اِجازتھ۔

اَدارنگ :- اَدارنگَس

سدارنگ :- سَدا رنگس۔ (دوشوے) آیہ اوٚرِ گژھ تہٕ دژایہ یور کُن۔

(رازَس تہٕ مہارانہِ وَرأے ساری رازَس جَے جَے کارکران)

باقی :- ... جَے جَے کار۔ جَے جَے کار

# سون تھیٹر کوٗت ووت؟

اَز کَل ییٚلہِ تہٕ تھیٹرٕچ کَتھ ووتھان چھےٚ وَنہٕ چھُہ یوان زِگِنٛدُن کیٛت چھُنہٕ ناٹک یا ناٹکَن ہُنر چھےٚ کمُی۔ مگر کَتھ چھَہٕ یہِ حقیقتھ چھےٚ یہِ زِ کاشُر تھیٹر چھُنہٕ کُنی لُس شَہرَن مَنٛز لگاتار ڈرٛاما ہاوِ ہے۔ نہ چھُ ییتھی تھیٹر زِنٛدٕ تھاوَنچ کانٛہہ جدوٗجہَد نہ کوٗشِش۔ اَکھ جوٗش آیوٗو ییٚنتہٕ کِس شوقیہ رَنگ ہاوَن والِس طبقَس مگر سُہ روٗد دُہَن وٕرِیَن ۱۹۶۵ء پیٚٹھٕ ۱۹۷۵ء تام تہٕ باسان اوس زِ تھیٹر یکہٕ رَہدار پاٹھی مگر ژھوٚکیوٚ۔ یِمَن دَہَن وٕرِیَن مَنٛز سَپدِ کہ واریا پرٛق تہٕ تھیکنٕ لایَق تجربہٕ۔ اَمہٕ علاوٕ گیوٗو شَہرس مَنٛز ڈرامہٕ وُچھَن والیٚن ہُنٛد اَکھ خاص تیداد تہٕ دَرِینٛٹھ یِم ٹِکٹ ہِنٛتھ ڈرامہٕ آسی وُچھان۔ اَز چھےٚ یہِ حالَتھ زِ ٹیگور ہالَس مَنٛز چھِ تھیٹرکَن ہِنٛدی کَم تہٕ سوٗ کوٗلِن ہِنٛدی پروگرام زیادٕ یوان ہاونہٕ۔ تھیٹرٕکِس ناوَس پیٚٹھ یہِ

کینٹرٕ ہا اُسی وُچھان چھ زٕ چھُ کلچرل اکیڈمی ہندِس ڈرامافیسٹولس
مَنٛز شامِل ڈراما۔ یِمَن ڈراماہَن مُتلق ہیکَو وَنِتھ زِ یہِ چھُ ڈرامہٕ ہِک گوڈنیک
رِہرسَل تہٕ اَنٛدری شو۔ کانٛہہ ڈراما چھُنہٕ یمو مَنٛز کلبہٕ چو کوشِشو سیتین
دُبارٕ شہرَس پیٹھ لَہِ لَہِ گِنٛدنہٕ یوان۔ یَتھ روٗدی ڈراما نٔویس تہِ تہٕ
چھِنہٕ لگاتار رَنگہٕ باپتھ ڈرامہٕ لیکھان کیٚنٛہہ تِکیازِ گوڈٕ چھُنہٕ ڈراما گِنٛدٕنٕ
کیٚنٛت تھییٹر کُنہٕ۔ دۆیُم پالِنسٕ رَنٛگی چھُنہٕ تھییٹر کہیں دِوان۔ یِمَن حالاتَن
مَنٛز کُس لیکھہِ ڈراما، کُس گِنٛدِ ڈراما؟ کُس وُچھِ ڈراما؟ ہیارِی کینٛہ چھیٚنے
سائنس ٹُلکَس مَنٛز دۆیمین عَلاقائی زبانَن مَنٛز ڈراما لیکھنٕچ تحریک
بَروٗنٛہہ پکان تہٕ رَنگَس تہٕ بافہا لِطٕ صُحی وَتھ لبنہٕ موکھ حوصلہٕ افزائی کرنہٕ
یوان۔ یِیتہٕ چھُ کُل بَل اَسہٕ اَکھ ہال ڈراما گِنٛدٕنٕ کیٚنٛت۔ ٹیگور ہال۔ یہِ
چھُنہٕ وُنہٕ سانہِ زِندگی نَزدیکھ آمُت۔ اَتہٕ چھ دوٕ ڈرامہ کم تہٕ وَرایٹی
پروگرام زیادٕ یوان ہاونہٕ۔ تہٕ ڈریلیس مَنٛز چھ یہ ہال ڈاے ہَتھ دوٕ کھوتہٕ
زیادٕ ہیٚبے کارٕ رُوزان۔

یہ سورُے نَظرِ تَل تھاوِتھ چھُ باسان زِ ڈراما لیکھُن چھیٚنے اَکھ
فُضوٗل میٚہنَتھ۔ ٹُلی پَنہٕ نِس پانَس تسلی دِیُن زِ ڈراما لیکھِتھ کوٚر حاتمَن
طےٚ۔

ڈراما گِنٛدنہٕ خاطر گژھن اَزکَل وار یار روٗپیہ آسنہٕ۔ لیہاذا چھُ لَگن

لکن ہنٛزٕ سرپرستی عَلاوٕ سَرکارٕچ سرپرستی سیٹھا ضوٗرٕ ذٲری۔ یودوٕے سَرکار کٲشرِ رٔنگٕک مُکمَل خرچہ بَرداش کَرِہٕ تیلہٕ کٔس حَق چُھ تَس تفریح ٹیکس حاصِل کَرنُک۔ کیاہ اَمِہ ٹیکسُک دُہیُم حِصہٕ تہٕ ہیکہٕ نا سَرکار ڈرامہٕ ہَس دِوتھ یُو دِنَس تہٕ تھیٹر مُنظم کَرنَس تہٕ پیشہٕ وَرانہٕ تھیٹر چلاونَس منٛز صَرف کَرِتھ۔

کٲشرِ زَبانِ منٛز اَکھ پیشہٕ وَرانہٕ تھیٹر چُھ اَکھ چیلنج یُس قبوٗل پَزِ کَرُن تہٕ پَزِتھ فنکارَس پَزِ اَمِہ خاطرٕ جدوجہد کَرِنۍ۔ یہِ خاب تٲمیر کَرِنہٕ خاطرٕ چھِنے کوٗشِش کَرِنۍ۔ اَتھہٕ پَنہٕ تہٕ دھنہٕ سان۔ نتہٕ چھُ سوٗرُے باسان اَکھ سُراب۔

سٲری چھِ وَنان زِ ڈرامہ گوڈٕ تفریح کَرُن فراہم۔ اَتھ منٛز گوڈٕ اَسُن کیٛنژ مزاح آسُن۔ وُچھُن کیٛنژ نژُن آسُن تہٕ بوزُن کرِتھ مُوسیقی آبہٕ موخصر چھُ تہٕ ہندِ غرَض زِ تِم وُچھہَن اَکھ مکمل رٔنگ۔ اَکھ سٲلِم تھیٹر TOTAL THEATRE تہٕ اَمہٕ موکھ چھُ پیش میون یہِ "طوطہٕ تہٕ آنہٕ"

موتی لال کیمو

سرینگر۔ ۲۰ اپریل ۱۹۸۴ء

## موتی لال کیموٗ سٕندی کأشِری ناٹک:۔

**ترٛنُو** ــــ بانٛڑ پأتھرِکس روٗپس مَنٛز لیکھنہٕ آمتی ترٛنے اکھ اَنٛگی ڈرامہ۔ ماںگئے، مَنٛزِ لِنکہٕ تہٕ ترٛنُو۔

**ژھاے** ــــ ترٛن اَنٛگن مَنٛز توأریخی ڈراما۔

**لل بہٕ دٕر ایس لولرے** ــــ ترٛن اَنٛگن ہُنٛد سماجی ڈراما۔

**ناٹک ترٛچ** ــــ ترٛن ڈرامہٕ ہَن ہُنٛز سوٚمبرٛن۔ حرم خانگ آنہٕ، کأنسہ ماروومُت، ہئے کیثاہ گوم۔

(خطاط: مسکین)

